# ناٹک کٔرِو بنٛد

( دون انگن منٛز اکھ ڈراما )

ہری کرشن کول

کتابہ ہُند ناو : ناٹک کرِو بند
مصنّف : ہری کرشن کول
ناشر : آشیش پبلیکیشنز ۱/۹۹ زینہ دار محلہ سرینگر ۱۹۰۰۰۱
چھپن وری : ۱۹۸۷ء
خوشنویس : ثناءاللہ میر
سرورق : غلام رسول سنتوش
چھاپ خانہ : فوٹو لیتھو ورکس دلی ۳۲
مول : ۲۰ روپیہ

مصنّف چھُ ریاستی کلچرل اکاڈمی ہُند تسکرُ گذار یمہِ
لس یہِ کتاب چھاپنہٕ خاطرٕ کم کاسہٕ مالی اِمداد دِت
کتابہِ منٛز یمن خیالن ہُند اِظہار چھُ۔ تمو باپتھ
چھُ مصنف پانہٕ ذمہٕ وار۔ کلچرل اکاڈمی چھُنہٕ
تمہٕ ستی کانٛہہ تعلق۔

---

NATUK KARIV BAND (A PLAY IN TWO ACTS)
BY
HARI KRISHNA KAUL

# برٹولٹ برخت سنٛدِ ناوِ

یَس وَتُن یێہ

ڈراما وُچھن وٲلی

گرِ ژھی نہٕ

پنہٕ نین صحب ٹوٗپین سێتی سێتی

پننِ کلہٕ ہیرِ ترِ

ڈراما ہالہٕ تێبرے

گژھن اَلوٗترٕ تھوٕنۍ

” پربھو! اگر سیتا ماتایہِ تیاگ ڈیُن ضرورٕی
چھُ تیٚلہ کیازِ کوٚر اسہ یوٚد؟ تیٚلہِ کیازِ موٗد جٹایو؟
تیٚلہ کیازِ موٗدی دو شوے پکھین ۂندی بٔڈی بٔڈی
وِیر؟ تیٚلہِ کمہِ خاطرٕ کھیاو نوو جوان واندرو راکھسن
اتھہِ پان؟ کمہِ خاطرٕ آو لکشمن مٔری مٔری تہٕ کمہِ خاطرٕ
کوٚڈ مےٚ بالے موٗلہٕ تہٕ سورُم پتہٕ پنن اَتھس
کیتھ؟ اگر توہہِ سنگھاسنس رٲچھ کَرٕنۍ تہٕ جانکی یہِ
تیاگ دیُن اوس تیٚلہِ کیازِ زٲج مےٚ سون تہٕ سنزٕ لنکا؟
لچھہِ بدین لوٗکن کیازِ کوٚرُم آلی ناش؟ موصوٗم بالک
تہٕ موزوٗر بٔڈ کیازِ بنزِم تارس مٔشز؟ کمہِ باپتھ
کوٚرُم یہِ پاپھ! کمہِ باپتھ؟ “

## کردار :

* ڈائریکٹر
* ہیرو (رام)
* بوکٹ اداکار (ہنومان)
* وِلَن (گوڈ نکس انگلس مسٹر راون، ڈومیس انگلس مسٹر وِششٹ)
* پرامٹر
* میک اپ مین
* اسسٹنٹ ڈائریکٹر
* بیک اسٹیج ورکر
* ماریچ
* لکشمن
* گوڈنیک رشی بالک
* ڈومیم رشی بالک
* ٹرئیم رشی بالک
* بھرت
* شرپ نکھا
* سیتا

# گوڈنیک انگ

(پردٕ چھُ ہیکہٕ تھوٚدٕ وٕتھان۔ سٹیجس پیٹھ چھُ ہیرو[1]، وِلن[2]، لوکٕٹ اداکار، ڈائریکٹر[3]، اسسٹنٹ ڈایریکٹر، پرامٹر[4]، میک اپ مین[5]، تہٕ بێیہِ کیٛنہہ سٹیج ورکر[6] تہٕ اکسٹرا[7] کھڑا۔

ہیرو چھُ رام تہٕ تدرٕنس میک اَپس تہٕ لوٗشاکس منٛز۔ وِلن چھُ راوٕنٕ بنیومُت۔ لوکٕٹس اداکارس چھُ ہنوٗمان سٕندرول رمیوٚمُت۔ تٔس چھُ ئتہ رٕنٛز لوٚٹ لگاوِتھ مگر ئینٛزی بُتھیک ماسک[8] چھُس ہٕتھس اَلوٚنٛد۔ ڈایریکٹر چھُ قمیض، پتلوٗن تہٕ نیکٹائے لگاوِتھ تہٕ قمیضٕچ نٔری چھِس ہوٚرکُن وُٹھِتھ تھاوِمٕژ۔ اسسٹنٹ ڈایریکٹرس چھُ پتلوٗن تہٕ بُش شرٹ لاگِتھ۔ پرامٹرس چھُ عاینٛکھ لگاوِتھ تہٕ اتھس منٛز چھُس ڈراماہُک سکرپٹ[9]۔ میک اَپ مینس چھُ اتھس منٛز میک اَپُک ساماہ۔ بیک سٹیج ؤرکرن تہٕ اکسٹرا ہن منٛز چھُ اڈٕن پتلوٗن تٕرٛٛھنتھ تہٕ اڈٕن پاجامہٕ لاگِتھ۔ کانٛسہٕ کانٛسہٕ لیڈرٕ یا وٕزلہٕ رنٛگٕچ ودٕ تہٕ گرِتھ تہٕ

---

[1] HERO [2] VILLAIN [3] DIRECTOR [4] PROMPTER [5] MAKE UP MAN [6] BACK STAGE WORKER [7] EXTRA [8] MASK [9] SCRIPT

اَکھا چھُ کوٗشُر بیزار ترٛٲوِتھ تہٕ وۄڈٕ کاشُر ترٛ کوٗ نَکلِ لوٗپِہ دِتھ۔

ہیۆر سٹیجس پیٹھ منٛز باگ چھُ اَکھ سنگھاسن یانے تخت

ہیرِ دِہن تہٕ دِلنَس چھیٚہ شاید وُنی جیٖنٛچھ مِلناوٕنٛز۔ دِلنَس چھُ

آسان دوہ یوٗ اَتھو سیٖتی ہیرِ دِہَس ہوٗٹ چیوٗرمت۔ مگر پِتھے

پرٕ دِ چھُ تھوٚد وہ تھان سُہ چھُ ہیرِ وِسٕنٛز گردن یلہ تراوان۔

ہنگہٕ تہٕ منگہٕ پرٕ دِ تھوٚد وہ تھتہٕ سیٖتی چھِ ساریٖ ہے بُنگہٕ

تہٕ چھِتہٕ ہی آسان گاہمتی۔ سارِ دِیے کھوتہٕ زیادٕ حاراتی تہٕ

شرمندگی چھٕے ڈائریکٹر سِندِس بُتھِس پیٹھ لبنہٕ یِوان۔

البتہٕ لۄکٹ اداکار چھُ پالنس سیٖتی لۄ تہٕ لۄ تہٕ اَسان آسان۔

اَکھ مانے یوٚرُت اُسُن۔ کیہتہٕ بیک سٹیج ورکر چھِ وارٕ وارٕ

دِنگِس منز اژان۔ کیتژن لمحن چھِ ترٛھو یہ روزان۔ پتہٕ چھُ

ڈائریکٹر برٛونٛہہ سٹیجس کُن ہیوان یکُن۔ تہٕ ترٛ وِر قدم ژٕکِتھ

چھُ سُہ پتھ پھیرِتھ لۄکٹس اداکارس کُن خشمناک چشمو

وُچھان تہٕ لَسَند اَسُن چھُ تسٕندِ بن وُٹھن منٛزِ یے شرٕ پتھ

گژھان۔ ڈائریکٹر چھُ بیٚیہ ترٛ زِ در قدم برونٛہہ ژٕکِتھ

لۄکَن مخاطب سپدان )

ڈائریکٹر :۔ ( وُٹھن پیٹھ زورٕ اَسُن اُتھ چھُ پننہٕ خجالتھ ترٛ ورِ تھوٚنٕنچ کوشش

کران ) یتھی یہ گھوژان اوسُس تی سپد۔ اَسی گیہٕ ننگہٕ !

اَسہٕ اوس نہٕ تیاہ ترٕ یہ پرٕ دِ وہ تھِ یوٚت جل تھوٚد۔ پرٕ دِ

وٗتھ تہٕ لہازا ہیکہٕ نہٕ یہٕ تۄہیہٕ تِش کیہہ کٔھٹِتھ تھٲوِتھ ۔ اسہِ اوس
لۄہہِ پننٕ ناٹک ہاوُنہٕ خاطرٕ سال کوٗرِمُت ۔ مگر (اَسان) مگر ییٚتہٕ
اوس وُنی کینہہ بیاکھے ناٹک چلاوٕن ۔ ییٚتہٕ اوس اکھ بدٕلے تنازٕ
وۄتھمت ۔ سےٚ اوس خیال — خیال تہٕ پوٗرٕ یقین زِ یہٕ اَنٛزراوٕ
چلہِ یہ مسلہٕ مگر گرٕ گیاہ ؟ پردٕ تُلن والی تل بروٗنٹھے پردٕ
تھوٗد ۔ سہٕ پرار پۄنہٕ میانِس اِشارس ۔ تس اوس میانِس اشارس
پرارُن ۔ تکیازِ (اسان تہٕ ڈیکس پھیش دِوان ۔ زن وُنی کاتہہ کتھ پئیس یاد)
ماتی دِلیو ۔ سےٚ پزِ ہے گوڈٕ تۄہیہٕ پننٕ تعارُف دِیُن ۔ بہٕ چھُس ییٚمہٕ
ڈراماہکُے ڈائریکٹر (اسسٹنٹ ڈائریکٹرس کُن اَتھ وِتھ) تہٕ یہٕ چھُ میوٗن
اسسٹنٹ ۔

ہیرو :۔ (بروٗنٹھ کُن یِتھ) بہٕ چھُس ییٚمہٕ ڈراماہکُے ہیرو تہٕ یہٕ چھُ وِلن ۔
(وِلن چھُ گوٗشہٕ ھن وَر دِوان)

لۄکُٹ اداکار :۔ یہ دۄلو وُچھے تہٕ زِ تنازٕ کتھ پیٹھ اوس وۄتھمت ؟

وِلن :۔ (لۄکٹِس اداکارس کُن اَتھ وِتھ) یہٕ چھُ ییٚمہٕ ڈراماہکُے بیاکھ اداکار تہٕ
اَمِس چھُ آمُت ہنُمان سُنٛد رول دِنہٕ ۔

لۄکُٹ اداکار :۔ (وِلنس کُن ہاوان تہٕ اَسان) تہٕ یہٕ چھُ راوُن ۔

ہیرو :۔ (لۄکن کُن) بہٕ چھُس رام چندر جی مہاراج ۔ تہٕ آسہِ تۄہیہٕ فِکرِ
تۄرمُت ۔

لۄکُٹ اداکار :۔ (لۄکٕن کُن) مطلب یہ ڈراماہس منٛز ، حقیقی زندٕگی منٛز

پھارام رکنہ راوُن، تہٕ آسہٕ تۄہہٕ منٛز وار یاہن خبر ۔

(اسسٹنٹ ڈایریکٹرس چھِ یہٕ اداکارن ہُنٛز یہ پایہٕ پایہٕ مۄے
خوش گران ۔ سۄ چھُ بۄتھن ژھوہہٕ کرنکُ اشارٕ کران )

ہیرو :۔ (لوکٹِس اداکارس کُن) مےٚ پھٕچھے خبر زِ ژٕ ژےٚ کیا زِ
چھے میانی ژران ؟ (لوکن کُن) یہٕ اوس یژھان پانہٕ رام بنُن
(زہر خندٕ) شوٗبہٕ نا ؟

لوکٹ اداکار :۔ (لوکن کُن) اُمِس چھنہٕ خبر مگر تۄہہٕ آسہٕ پتاہ زِ رام
ژنٛدرس یوٗت سو ٹنٛدر رٕپ اوس، تیوٗتے سو نندر اوسُس
سو بھاو تہٕ ۔ مگر چھُ تۄہہٕ باسہٕ سائنس یمیس رامس منٛز
رٕپ مگر اُمی شُنٛد سو بھاو (دٔہ یو اتھو سیتی کنن دون تھپھ کران)
رام ! رام

ولن :۔ بہٕ چھُس جان راوُن سجان (گوٗنژھن ورِ دِتھ تہٕ متر ھن پنٛد
ملا قتھ ہاوِتھ) مہا پرتاپی، دشانن ۔ لنکیشور راوُن[1] (تھیٹریکل[2]
اندازس منٛز ٹھا ٹھا کرِتھ زوہٕ زوہٕ اسان) ہا ۔ ہا ۔ ہا !

(اسسٹنٹ ڈایریکٹر چھُ ڈایریکٹرس زیر دِوان تہٕ ڈایریکٹر
چھُ پتھ پھیرتھ اداکارن روب کران)

ڈایریکٹر :۔ شٹ اپ[3] !

---

۱ بوٗڈ جلالہٕ وول، داہ کلہٕ وول، لنکایہِ ہنٛد راز، راوُن ۲ THEATRICAL ۳ SHUT UP

(راوَن چھُ اُسُن یند کران ۔ باقے تفرَن تہٕ چھِ ژھوبیٔ گرٛژھان)

(لۆکن کُن) توہیہٕ تِس کیا چھِوٕ ژاوِر ؟ ساتہٕ تیمہٕ پرٛوڈکشنک ڈُسلابیٚ گو غلط ۔ پر چھُ کاتھ اوس ژرھان ہیرو بنُن ۔ تَمہٕ مٔنے اَتھ رود یہِ مسلہ مگر وار یا ایکٹر گے ناراض تہٕ ژٕلی ۔ تہٕ پۆتُس ژوٗل ہیرو تہٕ ۔ یپارٕ ی اوس اَسہِ حال تہٕ یکُ کوٗرُمُت۔

تَمہٕ مٔنے اوٗن ہیرو سندِ رولہٕ خاطرٕ بیاکھ ایکٹر۔

ہیرو :۔ (لۆکن کُن) یہ آس اَمی سندِ لحاظہٕ تہٕ آسا مٔنے فرصتھ ؟

ڈائریکٹر :۔ (کلامہ جاری تھوان) اَمی وٗن اَمی چھُ یہِ ناٹک پۆرمُت تہٕ اَمِس چھُ سورُے رول یاد ۔ خدا زانہِ پۆز کیا دۆتُن !

لوکُٹ اداکار :۔ تُرکہِ نا پأ دائیشی ہیرو ۔ اَمی چھِ ماجہِ ہٕنٛدِ یڈِ منٛزٕ سارِ نے ہیرو ہٕنٛدی رول یاد کری متھ ۔

ڈائریکٹر :۔ (کلامہ جاری تھوان) سون یہ ناٹک چھُ رام[1] چرِتس متعلق تہٕ آسہِ توہیہٕ تۆرمُت فِکرِ ۔ راتھ ہوو اَسہِ بال[2] کانڈ تہٕ شُہ چلیو ٹھیک پأٹھۍ ۔ راتھے آو دشرتھ راجہٕ نہِ سبا یہِ ہٕنٛد پأٹھر تہٕ چارنہٕ ۔ راتھے پیو دشرتھ راجس زدن زِ لتس چھُ مس چھِتیومُت تہٕ راتھی کوٗر تَمۍ ایلان زِ شہ کرِ پَنُن تاج و تخت رام ژٕنٛدرس حوالہ ۔

ہیرو :۔ تہٕ اَز چھُ یوان رام ژٕنٛدرس وَنہٕ زِ شہ گرٛژھِ ن شہ دٕلن

---

[1] رام سُنٛز زندگی [2] راما ئینک گوڈنیک حصہ

دٔرۍ ین ون واتس کرنہٕ (ژکن کُن وُچھتھ) نسأتہٕ کیا نہٕ؟

ڈائریکٹر :- (ژکن کُن) اصل تتانہٕ چھُ پی۔ رام تژندرس چھ وَن گژھن

تتھ اندٕیس نہٕ کینہہ۔ییہِ چھُ سائنس سکرِپٹس منٛز لیکھتھ۔

(پرامٹر چھُ دِوان تہٕ سکرپٹ ڈائریکٹرس حوالہ کران)

ہیرو :- بہٕ چھُس ہیرو۔ میانہِ خأطرٕ پزیہِ تۄہہِ سکرِپٹ بدلاون۔

دلیپ کمار چھُ پننہِ خأطرٕ سکرِپٹ بدلاوناوان۔ سُہ چھُ پننۍ ڈائیلاگ

پانے لیکھان۔ تہٕ آسہِ نہٕ تۄہہِ شاید خبر؟

ڈائریکٹر :- مگر رام تژندرس وَن واتس چھُ راماینک مرکزی تھیم۔

تہٕ کیا نہٕ چھِک تہٕ مٔشراوان؟ (سکرپٹ چھُ واپس پرامٹرس حوالہ کران)

لوکٹ اداکار :- اَمی بچأرۍ چھا راماین پۄرمت۔

ڈائریکٹر :- (لوکٹس اداکارس کُن) تہٕ کرتہٕ ضو ییہ، (ہیروہس کُن) تۄہے چھے

راج ترأوِتھ ون گژھن، تتھ چھے نہٕ چارٕ ے کانہہ۔

ہیرو :- سُہ کُس احمق آسہِ ییٚس راج ترأوِتھ ون گژھہ۔ کم از کم

بہٕ چھُس نہٕ تیتھ احمق۔ مےٚ چھے راتہٕ پیٹھے تخٕتس پیٹھ بہنہٕ

خأطرٕ پریکٹس کرمژ۔ ڈٕلو بہٕ ہاوہ مےٚ کتھٕ پأٹھۍ تگہِ

تخٕتس پیٹھ بہن۔

ڈائریکٹر :- تۄہے چھُوٚ نہٕ تخٕتس پیٹھ بہُن؟

ہیرو :- (سنگھاسنس کُن ہأوِتھ) تیلہِ کمہِ خأطرٕ چھُ یہِ تخت؟

---

سہٕ واتس منٛز واس کرُن، رودزن سہٕ مشہور فلمی اداکار سہٕ THEME سہٕ PRACTICE

وِلَن :۔ (برؤنٹھ کُن یِتھ) اَتھ پیٹھ چھُ مےٚ بہُن، لنکیشور راوٕنس۔

ہیرو :۔ توٗ تہٕ بیٛوٗ ڈُکھ تہٕ۔

وِلَن :۔ ہادٕ ے بیہہ اِکہٕ نہٕ (سنگھاسنس پیٹھ چھُ بہان)

ڈائریکٹر :۔ آ۔ اَتھ تختس پیٹھ چھُ راونس بہُن۔ سکرِپٹ چھُ تی

وَنان تہٕ رامس چھُ سیتا ژھانڈٕ تہٕ خاطرٕ وَلنس منٛز نہٕ دوٗرے

پھیرُن۔

ہیرو :۔ سکرِپٹس ہیکہ امینڈمینٹ [1] تہٕ سپدِتھ۔

ڈائریکٹر :۔ مگر کیازِ؟

ہیرو :۔ تِکیازِ بہٕ چھُس ہیرو۔ نایک [2]

لوکٕٹ اداکار :۔ لوک نایک [3]۔

ہیرو :۔ (تسٕنز کتھ چھُنہٕ بوزان) تہٕ یِتھ تختس پیٹھ چھُ مےٚ یون حق۔

وِلَن :۔ مگر سکرِپٹ چھُ سیٹھاہ متبرک آسان۔ اَسی ہیکوٕ نہٕ اَکھ

لفظ تہٕ ڈالِتھ۔ رامس چھُ وَن واس قوٗبوٗل کرُن تہٕ تختس پیٹھ

بیہہٕ حالس لنکیشور راوُن۔

لوکٕٹ اداکار :۔ (برؤنٹھ یِتھ لوٗکن کُن) تورٕ توٗ ہہٕ نِکرِ؟ فسادک گوڈ

چھُ یہ تخت۔ ژٕ کہٕ پھےٚ کرٕسیہ لڑائے!

ڈائریکٹر :۔ (تس روب کرِتھ) شٹ اَپ! (لوٗکن کُن) اَسہِ گژھِ ماڈٕ دِنی

توٕہۍ آسو تنگ آمتی مگر کرِ کیاہ؟ میانِس ٹیمس ہیرو ہس

---

AMENDMENT [1] ۔ ترمیم [2] नायक ہیرو۔ رہنما [3] लोक नायक عوامی نیتا

پھِنہٕ کیتھِ فِکرِ تران ( ہیرو ہس کُنؠ ) وُچھ سا لالا ! ژٕ نے پچھے پردٕ نیٖٹھ
کُنؠ تخنتس کھسُن تہٕ رام راجُک کمال ہاوُن

ہیرو :- تیٚلہِ کَرد گوٚڑ رام راجُک سپن تہٕ پتہٕ ہاوو وَن وا سکُ
سپن ۔ مےٚ ووٚن نا بہٕ چھُس راتہٕ پیٚٹھے تخنتس بیٚٹھ ہاپنچ پرکٹس
کرِتھ آمُت ۔

ڈائریکٹر :- مگر تیٚلہ ما روزِ ناٹکس منٛز تسلسُل ؟

لوکُٹ اداکار :- تسلسُل راوُن ہے گو اَکھ تُھچان ۔ اَسی وَلو
لوکَن ژٕ سوٚن یہ ڈراما ہسا چھُ جدید ڈراما ابسرڈ پلےٚ ۔

ہیرو :- وُچھو توٚہی وُلو اَتھ میانِ بیوقوفی یا جہالتھ ۔ مگر مےٚ آس
خبر زِ مےٚ رام ژٕندرس چھُ اَز یتھ تخنتس پیٚٹھ بہن تہٕ بہٕ اوسُس
اَمِ خاطرٕ ذہنی طور تیار ۔ یتھے پاٹھی یتھہٕ پاٹھی اَسہٕ چھا کُنہٕ
ساتن خیال آسان ، ہیٚڑ ہیٚٹھ زِ گرِ آسِ شامس گوگجہٕ تیٚری
سیٚین ۔ مگر ہرگاہ گرٕ وانتھ اَسہٕ ننہٕ زِ تموٚ چھُ مجہٕ ادلو
رِسیٚین رُوٚدمُت ، اَسہٕ گرتہٕ ما بیتھے ہیٚو ؟ حالانکہ گوگجہٕ
ندرِس تہٕ مجہٕ ادلوٗس چھُنہٕ کانہہ فرق ۔ تو ہرِ پیٚبہِ میانِ
کیتھ ماننہٕ ۔ نتہٕ ۔ نتہٕ .........

وِلن :- یہِ چھےٚ زیادتی ! ہیرو گو پوٚز زٕ سے ۔ مگر اَمی سٹیٚزِ پیٚٹھ
کانہہ جائز تا ناجائز منگ کیاز پیٚیہ پوٗرٕ کرٕنہٕ ؟ مےٚ چھُنہٕ

تھنتھ کاشہہ موٗ ۔ اگر موہ آسہٕ ہم تبدیلہِ کرٕ ہا نہٕ بہٕ دِلہٕ
شُند رول قوٗبول ۔ مگر اگر اَمی سٕندِس دباوَس منٛز ییتھ
ڈراماہس تبدیلی آیہ کرنہٕ تیٚلہ چھُس میون جواب (ڈائریکٹرس
نمسکار کرِتھ چھُ نیرن ہیوان)

ڈائریکٹر :۔ (دِلہٕ کُن) ٹھہر ! مےٚ دِ سوچنہٕ !

پرامٹر :۔ (برونٛہہ کُن یِتھ) بہٕ چھُس پرامٹر ۔ میٲنی کٲم چھےٚ سکرِپٹس
کُن وُچھتھ اداکارن تہنٛد ڈائیلاگ یاد پاونی ۔ تِمن لفظ
آپراونی ۔ مگر تِمے یم یِتھ لیکھتھ آسن ۔ یا نے بہٕ چھُس
نہٕ ہیکنہٕ ۔ سورُے کیٛتھہ چھُ یم کاکد ورق ۔ یم اگر بدلن تٕہ
آپراوٕ اداکارن بدلہٕ لفظ ۔ مگر بہٕ ہیکنہٕ برداشت کرِتھ زِ
کاکد ورق روزن تِتھے تہٕ اداکار بولن گرِکی ڈائیلاگ ۔ افسوس!
ڈُنی کینہہ چھُ تی سپدان ۔ (سکرپٹ ڈائریکٹرس حوالہٕ کرِتھ چھُ
مویوسی سان نیران)

میک اَپ مین :۔ (برونٛہہ کُن یِتھ) بہٕ چھُس میک اَپ مین ۔ یُس
وَنتم لتن کرِ راہہٕ شُند ساز ۔ یُس وَنتم سُہ بناون راوُن ۔
مےٚ نہٕ چھےٚ کٲنسہِ سیتی دوستی نہٕ کٲنسہِ سیتی دُشمنی ۔۔
راتھ رام ہیکن بہٕ ازیک راوُن بناوِتھ تہٕ اَزیک ۔۔۔۔

لوکٹ اداکار :۔ راتھ رام چھُ پرتھ دِنہٕ اَزیک راوُن بنیومُت!

---

۱ـ ماۓ [illegible]

ڈائریکٹر :۔ (تَس روب کران) تہٕ کر ژھوپہٕ ! ( ہنگتہٕ منگہٕ زَن کیاہ تام یاد چھس پیوان ) تہٕ کیازِ چھُتھ ماسک تھوٗ د تلمت ؟ تہٕ کیازِ چھک ڈسپلن پھُٹرا وان ؟

لوکٹ اداکار :۔ ( وۄشِ ترآوِتھ ) کاش ! سارٕی تُہن بتھو پیٹھہٕ ماسک تھوٗد ! ( لہجہ بدلِتھ ڈائریکٹرس کُن ) جناب توٗہی کرِو ناٹک شوٗرُو ۔ بہٕ لاگہٕ پانے ماسک۔

ڈائریکٹر :۔ ( سیٹھاہ موٗلوٗسی سان ) کتھہٕ پاٹھی کرٕ ناٹک شوٗرُو ؟ بینتہٕ کُس اکھا چھُ میانی کتھ مانان ؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ ( بۄروٗنتھ یِتھ لوکن کُن رازدارانہٕ لہجس منز ) اوسُس بہٕ ۔۔۔ وَنان زِ ڈائریکٹر گوٗ ژھ آسُن اکھ دوٗر موٗ ہٹیتھ ۔ اے سٹرانگ[1] مین لایک ......... ( پالنس کُن پادان تہٕ پیتہٕ وۄشِ ترآوِتھ پتھ کُن گژھان )

لوکٹ اداکار :۔ بیٖلہٕ سیرت بدلہٕ صوٗرت پھٕٹے یوان وُچھنہٕ باطِنس لیتہٕ موٗنڈ گرِتھ چھُ ظاہر بارسس یوان ۔ تیٖلہٕ چھُ بی سپدان ۔ رام ژندر اوس سوٗندر ۔ تہٕ رٕوٗد توٗہہٕ یاد مگر تسُند شیل[3] تہٕ سو بھاو گو توٗ ہہٕ مشتھ ۔ رام ژندر، لیٖنشر سوٗندر تا تسُندِ سو بھاوٕ رنشہٕ بیوٗن آسُن تہٕ یتھ متعلق تُلسی داسُن وَنان چھُ ۔ پرسنتام یانہٕ گتا بھشکت تھانہٕ

---

[1] A STRONG MAN LIKE [2] DISCIPLINE [3] شیل : نیک سیرت
تہٕ مشہوٗر ہندی شاعر بیٚیہٕ رام چرت مانس چُھ کیوٗ کمت ۔

مملے وَن واس ڈکھنا[۵] ۔ یَسنٛدِس ٹُھقس نہٕ آیہِ تا جیوٚشی
ہنٛد ایلان بُوزِتھ رونق ، نہٕ گھٕٹر وَن واسک حکمُ بُوزِتھ
ڈیرٕ (لہجہ بدلِتھ زہر خندٕ ) مگر سون ہیرٕ چھُنہٕ اَپُز مَمپسز
تہٕ تخت ترٲوِتھ وَن واسہٕ خٲطرٕ تیار ۔

(کوشُر سیزار ترٲوِتھ تہٕ دوڈ کاسترٕ ترٲوِتھ تُل ٹوٗپی دِتھ
بیک سٹیج ورکر چھُ بردشت کُن یِتھ تُوکُن مخاطب سپدان)

بیک سٹیج ورکر :- ہے یم چھِ ساری پَری متی لیکھی متی ۔ یمو چھُہ
سنسکرت ، فارسی ، انگریزی تہٕ بیٚیہِ خبر کیاہ کیاہ یلا سیہ
پَرِ متہٕ ۔ یم چھِ گاٹُل تہٕ ادے کِنی دوٗتھ بہٕ گٹہٕ کار ___
دوفی گوس بہٕ ۔ مےٚ چھُنہٕ یتھ ڈرامہس سیتی کانہہ لین دین
بہٕ چھُہوس دوہ مزدوٗر ۔ بیٹھ چیز ادرِ یور ڈالنہٕ خٲطرٕ اَوٚمت
(ڈایریکٹرس کُن وُچھتھ) گیاسا تی چھا فاصلہ کِنہٕ بیٚیہ
کینہہ (بیٚیہ تُوکُن کُن) مگر اگر ٹیہے حالتھ رُوز بہٕ ئے
ہوکلہ اُڈ راتھ تام ۔ لانتھ میانِس یتھ کارس (یتھ کُن
پھیرتھ ڈایریکٹرس ، اسسٹنٹ ڈایریکٹرس ، ہیروہس بیتر کُن)

ہے! بُوزِو نا میون ؟ بہٕ دِمو وُنی فاصلہ کرِتھ ۔ کُس کھسہِ
تختس ، کُس کھسہِ دوسہٕ ، کُس کھسہِ ہٹس لِتس تہٕ کُس کھسہِ

---

[५] प्रज्ञानतो यो न गताभिहोकतन्तथा
न मन्ये मनवासद्रुमतः

نرس ؟

ڈائریکٹر :۔ ترٛے نش چھا کانہہ جود ؟

بیک سٹیج ورکر :۔ اَدٕ چھمہٕ آسنے ؟ اَتہٕ ما چھےٚ ڈَبلا ؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ روٗٹ یہ گوڈٕ ہنٛتھےٚ ڈبلہٕ ؟ ترٕ ون ترٛیے
گیا چھےٚ وَننٕ ؟ اگر چاۓ کتھ اَسہٕ رٕتہٕ یا سہٕ اُسی دِتھے
پانہٕ بناہو ۔

بیک سٹیج ورکر :۔ ہا بناہہٕ رٕٹھ سۓ پالنس ۔ ہنےٚ دِیو سۓ اکھ
وَنہٕ رو پے ۔ بہٕ ہسا ہا دو جود ۔

(ماری چھ چیندٕن اتھہٕ ترٕہتاں ۔ سارنٕے ہنٛدی چینٛدٕ
چھہٕ خالی آسان ۔ صرف چھہٕ پرامٹرٕ سنٛد چینٛدٕ منٛز اکھ
آٹھ آنی نیران )

پرامٹر :۔ منےٚ چھےٚ صرف آٹھ آنی چنٛدس ۔

بیک سٹیج ورکر :۔ اُٹھ آنی گییہٕ سۓ ہیٚرار ۔ یہ چھُ ٹھر (سِکہ کھرتھ)
یہ گوٚ ٹانگ ۔ بہٕ لاین یہ اُٹھ آنی ہیوٚر ۔ اگر ٹھر پیٚیہ
تیٚلہ بیٚہیہٕ رام تخنتس، اگر ٹانگ پیٚیہ تیٚلہ بیٚہیہٕ راوٕن
تخنتس ۔ منظور ؟

ڈائریکٹر :۔ گوٚ ہیڈ ٹیل کرِتھ چھُ ووٕنی فاصلہ کرُن ؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ ٹھیک چھُ امہٕ علاوٕ رُوز نہ کانہہ وتھے ۔

---

۱ HEAD TAIL

(بیک سٹیج ورکرس کُن) منظوٗر!

(ڈائریکٹرس، ہیروہس، وِلنس، لوکٹس اداکارس

تہ پرامٹرس ورائے چھِ ساری وناں) منظوٗر! منظوٗر!

پرامٹر:- مگر سِکرپٹ؟

میک اَپ مین:- سِکرپٹ چھا کھوٗد کینہہ اکثریت (اتھ کھوٗد تُلان) منظوٗر!

ہیرو:- مگر مےٚ چھُنہٕ منظوٗر۔ مُمکِن چھُ انہٕ نیرِ ٹیس!

وِلن:- مےٚ چھُنہٕ منظوٗر! مُمکِن چھُ اَتہٕ نیرِ ہیڈ۔ دراصل گژھہٕ نہٕ یہِ اہم مسٔلہ ہیڈ ٹیلہٕ کِس اتفاقس پیٹھ اُنزراونہٕ یُن۔

لوکٹ اداکار:- سہٕ کُس مسٔلہ چھُ یُس نہٕ ہیڈ ٹیل کِس اتفاقس پیٹھ چھُ یوان اُنزراونہٕ؟ کانٛہہ نفر چھُ آسان سیٹھاہ رٔت تہٕ نیک۔ مگر تقدیر چھِ ہیڈ ٹیل کران تہٕ سُہ چھُ ڈُمبرِ دربدر روزان۔ کانٛہہ نفر چھُ آسان نالیکار تہٕ نالایق مگر تقدیرساز چھُ ہیڈ ٹیل کران تہٕ تس افسر تہٕ بوڈ مو ہنیُو بناوان۔ بہتر چھُس تو ہی ستھی (اتھ کھوٗد تُلتھ) مےٚ چھُ منظوٗر!

بیک سٹیج ورکر:- گو کہٕ یہ تیٚلہٕ تھرنانکُ؟

(ہیروہس تہٕ وِلنس ورائے چھِ ساری وناں) ضروٗر، ضروٗر

(ہیرو تہٕ وِلن چھِ بیٹھ تُلان تہٕ لوٗکن کُن تھر کٔرِتھ روزان

بیک سٹیج ورکر چھُ اُٹھ آنی ہیوٗر لایان تہٕ پتھے سوہ بون پیٚھ

پھِٹے پیوان ، تتھ پیٹھ اتھٕ تھوٚوِتھ چھُ کرٕبکھ دِوان)

نانکُ !

(وِلن چھُ واپس لوٚکن کُن پھیران تہٕ پتہٕ اسان اسان

سنگھاسنس پیٹھ بیہان)

وِلن :۔ (سنگھاسنس مێوٚڑھ کرٕتھ) ستم ایرٕ بتیٚیہ ۔ آخر چھُ پوٚرے

پزان ـــــ (تھیٹریکل اندازس منٛز راون سٕنٛدی پاٹھی اسان

ہا ! ہا ! ہا

ڈایریکٹر :۔ خاطر یرٕ گوٚ تہٕ تہٕ گوٚ ، ٹھیکھے گوٚ ۔ دوٚنی کرو اَسی

ڈراما شوٗرٗو ۔ ساری رٗوزِلو پننہٕ پننہٕ جایہٕ پننہٕ پننہٕ

کامہٕ خاطرٕ تیار ۔ ناٹک گژھ دوٚنی شوٗرٗو (چِنٛدٕ منٛز

چھُ سیٹی کڈان تہٕ وایان)

(سٹیجہٕ چہٕ لایٹہٕ پھِٹے وارٕ وارٕ تہٕ ختم گژھان ۔ صرف

چھُ تتھ جایہ گاش اکھ سپاٹ روزان یتیٚتھ راوُن

سنگھاسنس پیٹھ بہتھ چھُ)

راوُن :۔ بہٕ چھُس وشانن ، مہاپرتاپی ، لنکیشور راوُن (اسان

ہا ! ہا ! ہا !!!

(یتھے راون سٕنٛد اَسُن موکلان چھُ تتھے پھِٹے اَنہٕ گُٹس منٛز

کستام زنانہٕ ہنٛزِ ٹوٗنگہ دِی دِی کُرد ریٚچ آواز وۄتلان)

---

۱ پر رہے چھُ زینان ۲ STAGE ۳ LIGHT ۴ SPOT

راوݨ :۔ (حٲران گژِھتھ) یہِ کُس چھُ باگھ ژھٲن ؟ یہِ کمؠ کوٚرمیانِس
راجس منٛز وَدتھ کُتھ گُجرتھ ؟

(شرٛپ نکھا چھےٚ وَدٲن وِدان ازٲن ۔ تسٕ چھےٚ نس تہٕ کنن تھُبہٕ لگمٕتؠ
سو چھےٚ تہٕ ژھبنہٕ تُلنہٕ کھیپہ کرِتھ)

شرٛوپ نکھا :۔ بہٕ چھَس لنکیشور راوݨ سٕنٛز بینٕہ (بِنیہِ ودان)

راوݨ :۔ یہِ کیا حال چھُ ژےٚ سپُدمُت ؟ راتھ کیٚتھ پکان پکان
چھکھ گُجھی کنہ لاینہٕ آمٕژ ؟ کِنہٕ راز مندرِ ہٕنٛزِ بنٛد ڈیڈِ
سٟتؠ چھکھ ٹھاسہٕ آمٕژ ؟ کِنہٕ وَنس منٛز چھےٚ کانٛسہِ
یِنٛزہِ ہا پیچھ نس نہٲ دِمٕژ ؟

شرٛوپ نکھا :۔ نہ ، نہ ، نہ

راوݨ :۔ تیٚلِہ کیا چھےٚ دلیل ؟ مےٚ ون جلد جلد ؟

شرٛوپ نکھا :۔ باسان چھُم لنکیشور راوݨس تہٕ چھُ باےٚ سٕنٛد
سنگ تورمُت تہٕ سُہ تہٕ چھُ وۄنی زیادٕ کالس شونٛگِتھ
روزان ۔ نس چھُنہٕ جیسے روزان زِ تٔسٕنٛدِس راجس منٛز
کیا چھُ سپدان ؟

راوݨ :۔ کیا چھُ سپدان ؟ کُنہِ جایہِ چھا کانٛہہ انیاےٚ سپُدمُت ؟
کانٛسہِ چھا کانٛسہِ پیٹھ اتیاچار کوٚرمُت ؟ وَن سُہ
شونٛگِتھ سپہ کمؠ دُنِہ نوو لیس ناد چھُ (گوشہٕ دن در
دِتھ) لنکیشور راوݨ ! (اسان) ہا ! ہا ! ہا !!!

شُرپ نکھا:- (لیلہ کران) راوُن اوشہ ڈکس لیکھتھ ۔ راونہٕ سندس راجس منٛز تہٕ راٲدم لسَ (بٔڑ ہٹہِ) ہی لنکیشور! دو ترٛکنہٕ شدرٕ اپارِ چھہٕ کم تام زٕنٛی جورا آمتی ۔ تمہ چھکھ رِشی باگن ہنٛد تمگر تیز چھکھ راژ کمارن ہنٛد ۔ زٕنٛی اکھ تہٕ چھکھ ستی ۔ سٹھاہ رٕ ؤ پٮ۪ٹھ ۔

راون:- (پانس ستی زن خبر کمن غوطن گو) سٹھاہ رٕ ؤ پٮ۪ٹھ !

شُرپ نکھا:- آ سہ زٕنٛی چھےٚ سٹھاہ رٕ ؤ پٮ۪ٹھ مگر تم نہٕ چھےٚ تسٕندٕ کھوتہٕ ترٕ سہ ندرٕ ۔ اکھ چھہٕ گیٚشوم تہٕ بیاکھ چھہٕ شرٛون یٮ۪س پرٛون چھہٕ تسٕنٛز دٕوٚتھاون تہٕ مےٚ ترٕہن لس (ودان)

راون:- (پننس خیالس منٛز) گو سہ چھےٚ سٹھاہ رٕ ؤپٮ۪ٹھ ؟

شُرپ نکھا:- (بٔڑ ہٹہِ) مےٚ ژٕٹکھ لسَ ! راونس ورآے نہٕ کمس ؟

راون:- بس بس! (تھوٚد وٕتھتھ) ڈٕنی کرٕ بہٕ بجن چارٕ ۔ سون کرٕوٚد چھہٕ دٕزوُن نار تہٕ بہٕ کرٕ تہندِس سوکھس سوٗر، یمیوٚ ژٕ سٕہ پٮ۪ٹھ اتیا چار کوٚر ۔ ژٕ نیر (شُرپ نکھا چھہٕ تیران)
گو سہ چھےٚ سٹھا رٕ ؤ پٮ۪ٹھ ! (بٔڑ آلو دِتھ) ماریچ !
(اکس خوبصورت زنانہٕ ہنٛد ماسک لگاوِتھ تہٕ زنانہٕ رکھ کرٕتھ چھہٕ ماریچ یوان)

راون:- (پانس ستی) ہوں ! بہٕ ما آبہٕ سہ رٕ ؤ پٮ۪ٹھ زنانہٕ پانے اسرٕ نش ؟ (بٔڑ ہٹہِ آلو دِوان) ماریچ !

(ماریچ چھُ واسک تھوٗد تُلِتھ دٔتی منٛز راوان ۔ تَلہٕ چھُ تَمہٕ
لنگوٹہٕ پیٹھ رنگ دِتھ تہٕ تمِس پتہٕ پتہٕ راکھیس سٕنٛد خوفناک میک اَپ
کرِتھ )

ماریچ :۔ (راونس برٛونٛہہ کنہٕ نمِتھ) مہاراج ! کیٛاہ واسس پیٹھ
حُکُم ۔

راون :۔ (اسان) ہا ۔ ہا ۔ ہا ۔ ماریچ ییٚژٕ یاٗژھی چھکھُ تہٕ بہرٛوپی
(اسان) ہا ۔ ہا ۔ ہا ۔ مگر تیٚر کیا زِ گوٚو اَسہِ دُنی کِیٚنس منٛزٕ تہ
زِ ژٕ چھکھ بہرٛوپی (سنجیدٕ بنِتھ) تُلہٕ تَلہٕ اَسہِ اَسی دُنی کیٚنس
خبر کمن غوطن گاٚمتی ۔ نکھار تہٕ ییٚمہِ چھےٚ اسہِ سیٚتی شدر
اپور تٔرن تہٕ تنتہٕ بُنتھ ....... (سونچان) تہٕ تنتہٕ بنُن .....آ
سونہٕ سٕنٛز رَژھ گٔٹ تہٕ اَسی بنو ...... (سونچان) تہٕ اَسی بنو
..... آ اَسی بنو بابا جی ..... مہاپرناپی ۔ دشانن لنکیشور
بنہٕ بابا جی (اسان) ہا ۔ ہا ۔ ہا

(سارۍ سیٹھ جس چھُ اتہٕ گوٚٹ گڑھان ۔ برنٛژی کھنڈ
کرِتھ چھُ کھورِ طرفہٕ منٛز سیٖجس گمکھ شنگ بیاکھ سیاٹ
ییوان ۔ رام چھُ اکِس کُلِس تل دل موٚلول بِہِتھ ۔ برٛونٛہہ
کنہِ چھس سیتا )

سیتا :۔ سٔامی ! اگر دُ چھیو یہ وَلنوَاس تہٕ چھُنہٕ کیہنہ ناکارٕ

---

۱؎ رامہٕ سٕنٛد دِل چھُ ہیرٕ وکران

توہہ کیا چھُ باسان ؟

(رام چھُ سُتھ چاڑتھ - سہ چھنہٕ کہنی وَنان - اَتہٕ گڈہٕ منز

چھُنہٕ پرامسٹر سٕنز آوازِ یوان)

**پرامسٹر:-** (سہ چھنہٕ بوزنہٕ یوان - صرف چھُنہٕ لو تہٕ لو تہٕ تسٕنز آواز یوان)

دیوی ..... دے یہٕ کران چھُ تہٕ چھُ کران رُتے - دِپُس....

دیوی دے یہٕ کران چھُ، تہٕ چھُ کران رُتے۔

(رام چھُ خاموش - سیتا چھُنہٕ پریشان گژھان تہٕ پتُن

ڈائیلاگ بییہٕ وَنان)

**سیتا:-** سٲمی ! توہہ کیا چھُ باسان ؟

(اتہٕ گٹس منز چھُنہٕ بییہٕ پرامسٹر سٕنز آواز یوان)

**پرامسٹر:-** (سہ چھنہٕ بوزنہٕ یوان - صرف چھُنہٕ لو تہٕ لو تہٕ تسٕنز آواز یوان)

دُپُس - دیوی دے یہٕ چھُ کران تہٕ چھُ رُتے کران۔

**رام:-** (شرارتہٕ سان، چھُ تیز تیز غلط لہجس منز ڈائیلاگ وَنان. زَن

چیٹ چھُس نکھہٕ والنہٕ) دیوی - دے یہٕ چھُ کران تہٕ چھُ رُتے

کران۔

**سیتا:-** سٲمی ! یم وَن ! یم پربتھ ! یہٕ سبزار ! یہٕ شیہجار !

جوئین ہُند شور ! جانا وارن ہُند بول بوش !

(رام چھُ ترھو یہٕ کران - اَتہٕ گڈہٕ منز چھِ پرامسٹر سٕنز آواز یوان)

**پرامسٹر:-** (سہ چھنہٕ بوزنہٕ یوان صرف چھُنہٕ تسٕنز آواز یوان) دیوی ! یم

ٹھنڈٕی تہٕ شرٛوٚزرٕ تنپہٕ رٛیش ، ہُم سیٚدی تہٕ بوٚدی بھیل
بالک - یہٕ تیوٕ وَن ، ہُم اگنہٕ کوٗنڈٕ -

(رام چھُ ترٛھوٕ یہٕ گرٕتھ روزان - سیتا چھےٚ پریشان گژھان
تہٕ بیٚنہٕ بین ڈائیلاگ وَنان)

سیتا :- جوٗین ہُند یہٕ شور - جانا وارن ہُند لول پوٗش !

( رام چھُ خاموش - اتہٕ گِژِ منٛز چھِہ پرامِٹر سٕنٛز آواز یوان )

پرامِٹر :- ( سہٕ چھُنہٕ بوزنہٕ یوان صرف چھےٚ تٔسٕنٛز آواز یوان ) وٚلیش ... دیوی
یِم ٹھنڈٕی تہٕ شرٛوٚزرٕ تنپہٕ رٛیش - یِم سیٚدی تہٕ بوٚدی بھیل
بالک - یہٕ تیوٕ ون ، ہُم اگنہٕ کوٗنڈٕ -

رام :- ( شرارتہٕ سان غلط لہجس منٛز تیز تیز ڈائیلاگ وَنان - زن چھےٚ ٹھیس
نکھہٕ والِتھ ) دیوی ! یِم ٹھنڈٕی تہٕ شرٛوٚزرٕ تنپہٕ رٛیش - یِم سیٚدی
تہٕ بوٚدی بھیل بالک - یہٕ تیوٕ ون ، ہُم اگنہٕ کوٗنڈٕ -

سیتا :- سٲمی ! یمہٕ پوشہٕ تھرِ تہٕ بڑیہِ گِجہٕ گیٚہِ مےٚ دِ بسوکھوٕ تہٕ
زیادٕ ڈاپھہٕ - یتھ ترٛھیٚپہِ پہرِ منٛز چھم راژ منددرِ کھوتہٕ
زیادٕ آرام باسان تہٕ پیپل کُلِس یہٕ پینڈ ....... یتھ بیٹھ
تُہی بِہتھ چھِوٕ ..... چھا راج سنگھاسنہٕ کھوتہٕ کم

رام :- ( شرارتہٕ سان بڑٕ ہٕنزٕ ) سیتے ! ( اَتہٕ گِژِ منٛز چھِہ پرامِٹر
سٕنٛز آواز یوان )

پیرامِٹر :- ( سہٕ چھُنہٕ بوزنہٕ یوان ، صرف تٔسٕنٛز آواز یوان ) لولہٕ سان وٚلیش

سیتے ۔ ژ نے کرٕتھ میانہٕ مینٛز کتھ ۔

( رام چھُ خاموش روزان ۔ سیتا چھےٚ پریشان گژھان ۔
برُنٛزی کھنٛڈی چھُ ، ہیوٚر سیٖجس گاتنکُ بیاکھ اکھ لوکٹ
پھن سپاٹ ییوان ۔ اتھ چھُ یَتہٕ دُنھرن منٛز سونہٕ
سِنٛزِ رُوسی کچہِ ہُند کلہ دریٖنٹھ گژھان )

سیتا :۔ سٲمی ۔ وُچھو ہُپاری کیا چھُ ہُتہ ؟

( رام چھُ تورکُن وُچھان )

سیتا :۔ ( خوش گژھتھ ) یہِ چھےٚ رُوسی کٹ مگر سونہٕ سِنٛز ... آ ....
یہٕ چھےٚ سونہٕ سِنٛز رُوسی کٹ ( رام ترٛ تدرس کَن ) سٲمی !
مےٚ دِیوٚن یہِ رٹِتھ ۔ بہٕ رچھین یہِ ۔ ( رام چھُ ہیوان تیرُن )

سیتا :۔ ( لوتہِ لوتہِ ) ہیتھ یَآٹھ کوٚت ڈراکھ ؟ گوڈٕ دِن ڈائیلاگ
( بَدِ ) سٲمی بہٕ رچھہٕ ہن یہِ سونہٕ سِنٛز رُوسی کٹ ۔

( رام چھُ کیٖتھہ وَنہٕ دراے تیران ۔ سیتا چھےٚ ہے
بُنگہٕ ہش گژھان ، ہُپآری چھُ کتہِ نام پیٖتھ تیر یوان
تہٕ سونہٕ سِنٛزِ رُوسی کچہِ لگان ۔ سپاٹ لائیٹ چھےٚ ژھتہٕ
گژھان تہٕ اتہِ گنٛڈِ منٛز رامہٕ سِنٛز دردناک آواز یوان )
لکشمن ! لکشمن ! !

سیتا :۔ ( پریشان گژھتھ آلو دوان ) لکشمن لکشمن ! !

( لکشمن چھُ یوان )

سیتا :- لکشمن ! سأمی دِرایییہ سونہٕ ہٕنزِ رٕ وسی کُٹ رٹنہٕ
مگر باسان چھُ تِہندی شِتھر چھِہ کیتھ نام مُصیبتس مَنز
چھُسیمتی -

لکشمن :- ماتا ! شاید آسہٕ تِہندِ آلو بُوزِتھ تِہند ترٕتھ پریشان
گومت - مگر توٚہۍ کیاز مُشراوان زِ تِمن ہیکہٕ کھورس
کوٚنڈ تہٕ اُٹرِتھ - توٚہۍ کرِو آرام ، تِم آسن لِکان -

سیتا :- نہ ... نہ - میون ترٕتھ چھُ پرُی پاٹھۍ پریشان - کیاہ نام
چھُ یِنہٕ ڈُن - ترٕ تیر ، ترٕ ترھاند ڈمگ ہِم -

لکشمن :- (تُھکھ ترکراوِتھ) یِتھ واران وَلس مَنز توٚہۍ کُنی ژٕ فی
ترٕاوِتھ ہیکنہٕ بہٕ تیرِتھ -

سیتا :- (شرارتہٕ سان تھوٚد گرٕ ھان وُتھِتھ) لکشمن ! ترٕ ماچھکھ
تیٖرھان زِ باٗلیس گوٚڑھ کینہہ گرٕ ڈُن تہٕ یوٚئے کاکُنی .....

لکشمن :- (زیادے شرارتہٕ سان تھوٚد گرٕ ھان وُتھِتھ) ماتا ! !
(پینہٕ تِین جذباتن پیٹھ قوبو تھوٚوِتھ) اچھا ! بہٕ دراس - مگر
(تیر سیتی سیتا بہٕ اُندی اُندی رٕ کھ دِوان) تُہند گرٕ ھنہٕ پیٛمہٕ
رٕکھہِ نیبر نیرِتن - رٕکھہِ اندر ہیکہِ نہٕ تو ہرِ کانْہہ تہٕ بلائے
پوٚرِتھ -

(لکشمن چھُ تیران - سیتا چھِہ پریشانی سان ادٕ پور وُچھان
تہٕ پیتہٕ اَنہٕ گٹس کُن گرٕ ھان - زن یہر مَنز ترایہ - برٕژی

کھنڈی پھٹے دور آواز گژھان )

جے شنکر ! جے مہا دیو ! ( یہ آواز چھ وار وار
تہ دیپک پوان تہ کینژو لمحو پتہ چھ سپاٹ لائیٹ تل بابا
جی رٔکھس منز راون درٔینٹھ گژھان )

راون :- جے شنکر ! جے مہا دیو ! ( سیتا چھ پوان )

سیتا :- ( گلہٕ تہٕ گنڈتھ ) مہاراج ! آگیا کرِو ۔

راون :- ( تس کُن وچھنہ ورأے ) گو سائِس گژھِہ بھکھیا ۔ جے شنکر !
( سیتا چھ اندر اژان تہ توٚر دوٚدتہ یٔژھس کینہہ انہ موٚکھ ہیتھ نیران )

سیتا :- ٹرپٔو سأمی جی !

راون :- گو سوتی یہٕ تام آو توٚ تام آو ۔ امہ برونٹھ ہیکنہٕ شہ پتھ تس
گژھ نہ بکھیا ( شرارتہ سان چھ نیرُن ہوان ) جے مہا دیو !

سیتا :- ٹھہرِو مہاراج ! ٹھہرِو ۔ مےٚ کرِو کھما ۔ میون
یہ تھاچھ وُڑ کٔینس کتھ تام آپدا یہٕ منز پھیو مُت ۔ مےٚ
کرِو آہی ! ( ریکھ الوٗر تران تہ راونُ چھ تس نکھس ٹُدنہ ژلان )
( سیتا چھےٚ کرکہ دوان تہ کینژس کالس چھےٚ انہ گٹس
منز صرف تنشہرن کرکن ہنز آواز یوان )

رام ! رام ! رام
( کینژن لمحن چھ ژھوپہ گژھان تہ پتہ چھ انہ گٹ سے
منز ۔ ڈائریکٹر ، اسسٹنٹ ڈائریکٹر تہ پرامپٹرس ہنز آواز یوان )

رام ! رام ! رام ( ڈایٔریکٹرٕ چھُ سپاٹ لایٔٹہٕ منٛز بیٛچھ لوٗکن کُن مخاطُب سپدان )

ڈائریکٹر :۔ اسہِ گژھہ مأنی دِنۍ ۔ سون یہٕ ناٹک اوس نفیس پأٹھۍ چلان ۔ مگر رام ژٕندرن مطلب سأنۍ ہیرو ہن گرٕ ی اُسی پریشان ۔ وونۍ اوس لٹھُند سین تہٕ سہٕ ہیوٚ نہٕ خبر کتھہ ژھسپہ دِتھ ۔ ویسے گژھہِ نہٕ کیٚنہہ ۔ وونۍ گو توٚ ہیٚ پیٚٹھیہ ہِنٛتش کھنڈس پرارُن ( ہیوٚر کُن وُچھتھ یڈٕ ہنٛز ) لایٹ سین ۔ لائیٹ آن ۔

( لوٗن سٹیجس تہٕ منٛز سٹیجس چھُ گاش پیوان ۔ سٹیجس پیٹھ چھُ ڈائریکٹرس علاوٕ اسسٹنٹ ڈائریکٹر تہٕ پرامٹر درینٛتھ گژھان )

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ نسأ تہٕ گو ہے تہٕ گو کوٚت ؟

ڈائریکٹر :۔ سپے چھِہ سأ ؟

پرامٹر :۔ ( ڈائریکٹرس کن ) تُہنٛز شرافتھ ہُند چھِ یم ناجأیز فائیدٕہ تُلان ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ منٛے گژھہِ مأنی دِنۍ ۔ یہٕ گٔیہ نہٕ شرافتھ یہٕ گٔیہ کمزوٗری !

ڈائریکٹر :۔ گو بہٕ چھُس کمزور ؟ بہٕ چھُس ترن پہر ؟ ژٕ ے ما چھےٚ تی رائے ؟ منٛے چھُ سپے ژٕ سأرے چھےٚ چأنی شیطأنی

تہٕ چھکھ تیٚژھان زِمیون پروڈکشنہٕ گوٚژھہ فلاپ
گژھن ۔ تہٕ تیٚ چھِتھ گڑبڑ کرنہٕ خاطرٕ کرایہٕ بیٚیہِ کیٚنہہ
غنڈہٕ اٲنی ہیتھ تہٕ ہالس منٛز بیہناوِتھ۔ مگر سانیٚن نفرن
چھہٕ ہمتھ وَنہٕ ۔ اگر ہمو کیٚنہہ کوٚر رتھ ہیٚن ختم کرنہٕ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر:۔ یہٕ چھہٕ سراسر غلط ۔ اکھ بے بُنیاد الزام
آئی پروٹیسٹ۔

پرامٹر:۔ ہے کیا سا گوو تو ہیہ؟ تلسا تماشہٕ کری تو دلوکن کُن
ٹادِتھ) یم لوکھ کیا سا وَنن؟

(دارہٕ وارہٕ چھہٕ ہیوٚر سٹیجس تہٕ گاش پیوان ۔ پرامٹر چھہٕ ٹُیٚ
پتھ کُن پھیران ۔ اتہٕ چھس ہیروہس پیٹھ نظر پیوان
ییٚس سنگھاسنس پیٹھ شوٚنگتھ چھُ)

پرامٹر:۔ اِدِ سا تو ہیہ ہیٚرو یوٚ ٹلیٚ پانہٕ واٲنی کلہٕ والنی ۔ یکیاہ
چھُو یہ بیتھ ۔

ڈائریکٹر:۔ (ہیروہس نِش گژھتھ) تہٕ کیا چھکھ بیتھ کران؟

(ہیرو چھہٕ تھوٚد وتھان)

ہیرو:۔ کیا چھس کران؟ بہٕ اوسس بیتھ بہتھ پننہٕ انٹری
پراران تہٕ میٚ کھٕر گاف ۔ میٚ گیہٕ زِ چھہٕ۔

---

١ PRODUCTION ٢ - FLOP ٣ I PROTEST

٤ ENTRY ٥ ROLE

(لُکٹ اداکار چھُ دٕچھتہِ ونگہٕ منز نیران تہٕ دَپان)

لوکٹ اداکار:- آ... تختس پیٹھ بہتھ چھُ پزِ پاٹھی اِنسانس
کاف ہیوٚ کھسان تہٕ لیُس رول ہمتہٕ چھُن آسان ہیوٚ تمٹ سہٕ
چھُس مُشتہٕ گژھان۔ تہٕ وونکھ تہٕ مارُن۔

ہیرو:- ویسے چھُس بہٕ تیار۔ وو تہٕ میون سین (بیدلی سان
چھُ تھوٚد ووتھان۔ ڈائریکٹر چھُ تس پھیکس پیٹھ ترٕ تھوان تہٕ
پالنس ستی بون سٹیجس کن انان)

ڈائریکٹر:- وُچھ سا بائے لالا۔ بہٕ چھُسے ترٕ سے سبھاہ لحاظہٕ
کران۔ یتھ پیٹھ یم ساری مے ناراض چھِ۔ خیر مے کیاہ
چھےٚ چاتی بیٹھ کمزوری؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر:- (پراسٹرس کن لوتہٕ لوتہٕ) کافی تہٕ پینچ کمزوری۔

ڈائریکٹر:- (پتھ کلام جاری تھوان) مگر مے آس تہٕ خبر زِ تہٕ
کرکھ یتھ پاٹھی میانہٕ خاطرٕ مشکل پاد۔

ہیرو:- نہ۔ نہ۔ بہٕ چھُس تیار۔ وو تہٕ میون سین؟

ڈائریکٹر:- (پتھ کلام جاری تھوان) ترٕ سے چھےٚ باسان زِ ترٕ سے
ستی سپیز نا انصافی۔ تہٕ اوسکھ یژھان تختس پیٹھ
بہن۔ ترٕ سے چھےٚ نہ ون واسک بہٕ پارٹ پسند۔
بہٕ چھُسہٕ چانہٕ سیلف امیجہٕ ستی واقف کھیوان مگر تہٕ کیاہ

ہُشراوان نہٕ وَن واسہٕ باوجوٗد تہٕ چھکھ تۄہہ ہیرو ۔

پیرامٹر :۔ پزٕر چھُہ ۔ پزٕر چھُہ

ڈائریکٹر :۔ ترٕے چھٕنے ناخبر یہٕ ڈراما کیا چھُہ ؟ یہٕ چھُہ اکھ علامتی[1]

ڈراما ۔ رام ، راوُن ، سیتا ۔ یِم ترٛےشوے چھِہ علامژ

راوُن چھُہ ایسٹیبلشمنٹ ۔ سیتا چھِہ عوام تہٕ رام چھُہ سُہ

عوامی لیڈر یُس لوٗکن ہُندرٕٹ چھُہ کانٛچھان ۔ یُس ظُلمہٕ تہٕ

قانوٗنٕنش تہٕنٛدٕ نجاتھ چھُہ ییژھان ( اسسٹنٹ ڈائریکٹرس تہٕ

پیرامٹرس کُن ) کرتھ چھِہ میانۍ انٹرپریٹیشن[2]

( اسسٹنٹ ڈائریکٹر چھُنہٕ کانٛہہ ردِعمل ہاوان ۔ پیرامٹر چھُہ

زوٚرٕ زوٚرٕ ترٕ پوٚپ کران )

ڈائریکٹر :۔ ( ہیرو ہس کُن ) تۄہہ یہٕ وۄنۍ کینٛہہ فِکرِ ؟ گوکھہٕ وۄنۍ

نوٗشی ؟

ہیرو :۔ گو بہٕ چھُس عوامی لیڈر ؟

ڈائریکٹر :۔ اد کیا ! عوامُک خاطر خاہ تہٕ ژٕکی دار ۔

ہیرو :۔ وۄنۍ وُچھو تۄہی میانۍ ایکٹنگ ۔

پیرامٹر :۔ مگر سکرپٹ ہِنش ڈٔلی زِ نہٕ ۔

ڈائریکٹر :۔ ( سیٹی دِتھان ) اچھا ! ساری رۄژن وۄنۍ پینٛہٕ پینٛہٕ

جایہٕ پینٛہٕ پینٛہٕ کامہٕ خاطرٕ تیار ۔ ناٹک گژھہٕ بییہٕ شوٗرو ۔

---

[1] INTERPRETATION

[2] ESTABLISHMENT

(سأری چھِ وِنگن منز اژان ۔ سٹیجس پیٹھ صرف لوکٹ اداکار روزان)

لوکٹ اداکار :۔ (پانس سیتی اسان) جان اِنٹرپریٹیشن چھُ یکدم سنجیدہ بنیتھ) مگر رام تہٕ ندر اوس نہ اکھ سیاسی لیڈر ۔ سُہ اوس شُہ انسان ییمی نہٕ کانہہ پاپھ یا جُرم کوٚر مگر توتہٕ ییوس دن داسک دوکھ ژالُن (ہوکن کُن وُچھِتھ) اَسہِ تہٕ چھنہٕ ییمنہٕ کُنہٕ کانہہ گوناہ یا اژ کوٚرمُت مگر توتہٕ چھِ دن داسک شَا پھ پیوان ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھِ اَسی شانت ۔ ژھعو پیہٕ کرِتھ ۔ رام تہٕ ندرتی پاٹھی ۔

(نیرالن)

(بنیہ اکہٕ پھِرِ چھُ سٹیجی وژان ۔ سٹیجس پیٹھ چھُ اَنہٕ گوٹ گژھان تہٕ پتہٕ چھُ سپاٹ لائٹ ژھتھ پیوان ۔ بنیتھ رام، لکشمن تہٕ ہنومان چھُ آسان ۔ ہنومانس چھُ بُتس ماسک لگاوِتھ)

رام :۔ (لیلہٕ ہِش کران) ہا جانکی ! مےٚ ما پرژھ جنگل راتہٕ میانی کوٚر کتہٕ تھوٚو تھن ؟ یہٕ گیا وَنہٕ تس ؟

ہنومان :۔ (چھٹیکھ منز رأ دِتھ سوتہٕ وَس ہا دان) پھیکے چھِ تُم سون نہٕ وس یم تمہٕ دیوی بُتہٕ رأ ژ پیٹھ دأرِتھ دِتی ۔

رام :۔ لکشمن ! میانین اَچھن منز چھُ وُنی کُنہ اوٚش ایران ۔ مےٚ چھنہٕ رُکھی یوزنہٕ یوان ۔ ژہے وَن یم دس چیھا جانکی ہندی رُکتہٕ بنیہ کانسہِ ہندی ؟

لکشمن :۔ بائے ناٹھو۔ بہ چھُس سرف یم گوڑ گرِ ہکان پرزنٲوِتھ۔ یم چھِ پرزی پاٹھو تھہندی۔

رام :۔ گوڑ گرِ چھِ جانکی ہنڈی۔ باقے وَس چھنا تسنڈی؟

لکشمن :۔ مےٚ کتہٕ وۄلن تہٕ (لہجہ بدلِتھ) بائے ناٹھو بہٕ اوسُس تمن پیٹھ ماتا زانان تہٕ صرف تھہنڈ پن تہٕ رتن گژھ وُچھان۔ اَدے ہیکو ہے صرف تھہنڈی گوڑ گرِ بائتی پرزنٲوِتھ۔

رام :۔ دھنیہ لکشمن دھنیہ!! دوکھ کس سدرس منز چھُم یٖیاِ دایِ کھُش چانہِ شیلک تہٕ سو بھاوک بہٕ بجیر لوزِتھ یو ٹھ۔

ہنو مان :۔ پربھو! یم وَس چھِ جبائیو سیتس ڈنس یوت چھِ دِوان تہٕ پاپی راون چھُ سیتا ماتا ہیتھ ژولمُت۔

رام :۔ (لیلہ کران) ہے سیتے! ہا جبائیو!!

لکشمن :۔ بائے ناٹھو دَرِہ گرِد۔

ہنو مان :۔ پربھو! اگر مےٚ آگیا دِیو بہٕ ژُلہٕ الپور لنکایہ تام کنی دوڑ تہٕ سیتا ماتا اَنن تس پاپی سندرِ قادِنش مو کلاوِتھ۔

رام :۔ نہ ہنومان بہٕ چھُس کھشتری۔ بہٕ چھُس نہٕ کایر زِ بیٚیہ کانسہِ کرِ زارِ پارہ زِ ہے میٲنی بارِیا انتِن مو کلاوِتھ۔ وونی گو ترینے پیٹھی تورہ گژھو تہٕ تس میٲنی شتھچھ وَننو۔

ہنو مان :۔ پربھو! آ گیا کرِو کیا چھُم دَنُن۔

---

رام :- ہے پوٗن پُتر! ژٕ وَن جانکی تہٕ ژٕ ٹے وراٗے چھُ رامس سوٗرُے
آرام رووُمت ۔ وَن داسک دوکھ ژالیو وتمےٚ مگر چوٗن دوٗر
ہیٚکنہٕ زرٕتھ ۔

لکشمن :- مگر باٗے ٹاٹھی تم کتھہ پاٹھی پرزٕ ناوَن اٗمس ؟ تم ما
سوٗچن نہٕ یہ چھُ راونٕنے کاتہہ راکھس سوٗزمُت ۔

رام :- لکشمن چاٗنی یہ ژنٕکا چھےٚ پزٕ (اونگجہ منٛز واٗج کڈان) ہنومن
یہ چھےٚ میاٗنی واٗج ۔ ژٕ ہاو یہ واٗج جانکی تہٕ وَنس (ژھوپہٕ
شاید چھس ڈایلاگ مُشِتھ گژھان )

(اکہٕ گٹہِ منٛز چھےٚ پیرامٹر سُنٕز آواز یِوان )

پیرامٹر : (سہ چھُنہٕ بوزنہٕ یِوان) سیتے ۔ ژےٚ نِش ژھینہٕ گژھتھ چھس
بہٕ دوہس تہٕ راتس اوٗش ہاران آسان ۔ اٗسی دوشوے ...

(رامس چھُ یاد پِوان تہٕ سہ چھُ ڈایلاگ ونان)

رام :- سیتے ! ژےٚ نِش ژھینہٕ گژھتھ چھس بہٕ دوہس تہٕ راتس
اوٗش ہاران آسان ۔ اٗسی دوشوے چھِ اَکس آدِ بِنس منٛز
ہیٚنہٕ آمتی مگر ژٕ تراٗوی زِ تہٕ آش ۔ دوکھ اَنہٕ گٹہ ریزِنہٕ
جلدے بیہ گاش ۔ میانہِ نرِ کڈن داش تہٕ پاٗپی راونس گژھہ
پاش پاش اُور ظلم وستم کی ایوانوں کی دیواریں ہل جائیں گی ۔ (اوگن
کنُ وُچھان) بہٕ چھس تو ہیہ برٕونٛٹھہ کنہٕ عزم گران زِ یُو تام

ط داد دِناشُد ہیو

نہٕ بہٕ ظُلمہٕ کِس تخنتس چھلہٕ پھلہٕ کرِتھ سوٚ نہٕ لانکہٕ منٛز قٲدٕ عوام
برسرِ اقتدار اَنن توٚتام بیٚہہٕ نہٕ یتھ ۔
(باہبر یوٚمنٛت پرامٹر چھُ سکرِپٹ ہیتھ اژان)

پرامٹر:۔ ژٕ چھُکھ غلط ڈٲیلاگ بولان !

رام:۔ (پرامٹرس دکہٕ دِتھ) ڈٲیلاگ آسن غلط مگر اَیکٹنٛگ چھےٚ صحی ۔
(بیٚیہ سیٲسی لیڈرہٕ سنٛدی پاٹھی نرِ گلناوان) اور شاعر چھُ وَنان

سلطانیِ جمہور کا آتا ہے زمانہ
جو نقش کہن تجھ کو نظر آئے مٹادو

باقے گوس بہٕ ۔ مےٚ چھُنہٕ تخنتُک یا تاجُک طمع ۔ مےٚ لٲیے
پانے تخنتس لتہٕ ۔ بہٕ چھُس یژھان تخنتس پیٹھ بیہتھ راوَن
سنٛدُ ظُلم ختم کرُن ۔ سیتا چھےٚ عوامُچ علامتھ تہٕ بہٕ دِمہٕ
نَس نجات ..... (ڈائریکٹر چھُ یوان)

ڈائریکٹر:۔ ژےٚ ہیوٚتھتھ دوٚنی زیادٕے بکواس کرُن ۔ ژٕ دراکھ
حدہٕ نیبر ۔

ہیرو:۔ (ژن سورُے نشہٕ ووٚتھس) گاٹی دِیو ۔ خیر کیازِ روٗد نہٕ مےٚ
پالس تام ۔ دوٚنی بولہٕ بہٕ صحی ڈٲیلاگ
(ڈائریکٹر چھُ نیران)

ہنُمان:۔ یہٕ کھوٚ بہٕ کیا شیچھ وَنہٕ سیتا ماتا یہٕ ؟

رام:۔ سیتے ! ژےٚ نِش ژھینہٕ گژھتھ چھُس بہٕ دوہس تہٕ

راتس اوٚش ہاران آسان ۔ اٚسی ووشوے آیہٕ آوہلنس
منٛز ہینہٕ مگر ژٕ تراوی نہٕ ژٕ آش ۔ وو پچھ انہٕ گنٹہٕ روزِ نہٕ
جلدٕے پیپہٕ گاشس ۔ پاٚپی راونس گرٛدہٕ جلدٕے ناش ۔ پوٚن ژیتر
ڈیٚی تریس راونہٕ ہینٛزِ پاپہٕ گاگر آیہٕ ٹرٕتھ ۔ سہٕ چھُ مہا کال
ہینٛدِس موکھس منٛز ووتمُت ۔

ہنومان :۔ جے سیتا رام ! ( ووٗٹھ تلان نہٕ ژلان )
لکشمن :۔ بٲے ٹاٹھیو ۔ ترٛےٚ ووہہ وٲتی تۆہہ تیٚراکٲر کران
کیٚہتس کالس واتناٚوِ تۆہی پنہٕنِس شہرس ووکھ ؟
رام :۔ لکشمن ! لیکھ وو فی چھُ شہرے یوت رٕدمت ۔ پیران
ژلی تمی ووہہ یمہٕ ووہہ مے پیران پیاری ترٛچ
لکشمن :۔ بٲے ٹاٹھو تۆہہ ہیٚرِ نہٕ ہیتھہٕ پاٹھو شوکھ کرن۔
تۆہہ ہیٚرِ شستہٕ وداٚریٚج کراٚتیا چارگ تہٕ پاپک ہیول گالن۔
نیٚراکار کرتہٕ ہستی سپدِ نہٕ یہ پرٛیوزن پوٗر ۔ تۆہی روٗزیو
ییٚتی یہٕ انہٕ تہندِ خاطرٕ پیل موٗل ( نیران )
رام :۔ سیتے ! ماتا کیکئی ہندی کنہٕ میچھ واسہٕ ون واس ۔ مگر میانی
کنہٕ میوٗلے ژےٚ پاٚپی راوَن سُند کاراواش مگر مے
چھُ رازٕ دشرتھ سُند تیبریچ تہٕ ژٕ تنگ رازٕ ہین پوٗہین ہنٛز
ڈرٕہے یہٕ مو کلا وتھ ژٕ جلدٕے کار واسہ منٛز ۔ سیتے ! وٲن

ؑ فاقہٕ ؑ قاد خانہٕ

واشنگ یہِ دوکھ ۔ راج سنگھاسن اَتھہٕ گرٛھنکُ شوٗک ترٛالیوٗ

مےٚ چاَلۍ کُنۍ ترٛ ترٛ جکھ تہٕ دوکھکی کالہٕ سوٗ پھِنَ وڈل مےٚ

بیہٕ نال ۔ سیتے !

(کلس تھَف کرِتھ چھُ پتھر بیہان ۔ کینژٕس کالس پتہٕ چھُ

لوان کنُ ڈیچھان روزان ۔ ہتگہٕ تہٕ منگہٕ چھِس پتھرِ س

پیٹھ اَتھ آلی نظرِ گرٛھان ۔ ہکہٕ تھوٚد ڈیتھ چھُ

تتھ ژش گرٛھان تہٕ تتھ کنُ ڈیچھتھ چھِس شرارتھ کھسان

پتہٕ چھُ وِنگن کنُ ڈیچھتھ کرِ یکہٕ دِوان)

ہیرو :- دوکھہٕ! مےٚ سیتی آد دوکھہٕ ورتاوتہٕ ! (اڈنگج سیتی اَتھ

آنی کنُ ہلاوان تہٕ لوکن کنُ ڈیچھان) وارٕ کارہٕ چھِ ٹیل!

دوکھہٕ یازد دوٚت ہیڈ ۔(ہیڈ ہیٹہٕ) لائیٹ مین۔لائیٹ آن ؟

(ساری سٹیجس پیٹھ چھُ گاش یوان ۔ ڈائریکٹر،

اسسٹنٹ ڈائریکٹر تہٕ پرامٹر چھِ دوران دوران یوان)

ڈائریکٹر :- ژٕ ونی کوہ سٕ ترٛٹھ پیِی ؟

ہیرو :- یہِ گیہِ تہٕ ترٛٹھ یہِ گیہِ نبہٕ ترٛٹھ!

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :- مطلب ؟

ہیرو :- یہِ چھا ہیڈ کتہٕ ٹیل ؟

ڈائریکٹر تہٕ اسسٹنٹ ڈائریکٹر : ٹیل !

پرامٹر :- اڈ آیا میانی اَتھ آنی اَتھ! شکرِ تس ذاتہٕ پاک شنٛد

(اُتھ ٔ آنی تُلان تہٕ تھوان پیٚنٛدِس) یہ کوتاہ پریشان اوسُس ۔

ہیرو :۔ یہِ اوس ٹیل ۔ مطلب ہے اوس تمنس یہُن ۔ تہٕ ہیرو کورِ
مےٚ سیتی دوکھہٕ ۔

ڈایریکٹر :۔ مگر آدی ہے اوس داڑ کاہ ہیڈ ۔ تِمس گیا فورو نہ تھ
اُس ایٚرِ وَنیٚنچ ۔ کوٚت گو سُہ ؟

اسسٹنٹ ڈایریکٹر :۔ (زورٕ آلو دِتھ) نِسا !

(تِسہٕ یانے کاشُر بیزار تہٕ تُرٕ کوچل ٹوٗپی لاگتھ بیک
سٹیج ورکر چھُ یِوان)

بیک سٹیج ورکر :۔ جناب !

ڈایریکٹر :۔ آدی وُچھتہٕ تِرِس پوٗرٕ یاٹھ ؟ یوٚزوَن ہیڈ اوسا کینہٕ ٹیل ؟

اسسٹنٹ ڈایریکٹر :۔ مطلب تھر اوسا کینہٕ نانگُ ؟

بیک سٹیج ورکر :۔ اَہ دوہ فی کُس چھُ یاد ؟

ڈایریکٹر :۔ تِرٕ ے دوٚ تخنہ نانگُ ۔ گو ہیڈ مگر اصلی تل اوس
ٹیل یانے تھر ۔

بیک سٹیج ورکر :۔ ہے مےٚ یہ لینہٕ آد ۔ تہٕ دوٚ نمُ ۔ مےٚ اوسا
کانہہ اُستاد ۔ کتہٕ چھےٚ اُتھ ٔ آلی ؟ (تہٕ چھو سیتی یتھرِس دِوان
دِوان)

پرامٹر :۔ سو تھو مےٚ چھُنٛدس ۔ اَسہٕ چھیٚنہٕ شاید کرُن کراوُن
کینہہ ۔ اَتہٕ منٛز راوِ یہ میاٗنی اُتھ ٔ آلی ۔

ہیرو :۔ (بیک سٹیج ورکر) ژٕ نے کیا ژٕ وۄنتھ اَپُز ؟

بیک سٹیج ورکر :۔ (شرارتہٕ سان) ہے توٚ ہی کتھ ساٖے گاٚو مے

اگادٕ ؟ تہٕ ہیرٕ ما چھہٕ خیال زِ بہٕ چھُس دٲہت روپین پیٹھ

ٹُکہٕ ہیوٚتمُت ؟ بہٕ کتہِ نگرٕ اٚکھ ! مےٚ سیٹھاہ گرٕو حساب۔ یہ

دراس۔

ڈائریکٹر :۔ (بیک سٹیج ورکرس کُن) اچھا ژٕ اژھ اندر۔ ژٕ نے

سیٹھہ گرٕو وُنی حساب۔

(بیک سٹیج ورکر چھُ اندر اژان)

ڈائریکٹر :۔ (ہیروہس کُن) اَدٕ ساٖے ژٕ کیا چھُکھ ووٚنی یژھان ؟

ہیرو :۔ انصاف ! مےٚ سیٹھا یہٕ وادٕ کرنہٕ چھُ آمُت۔ تہٕ گژھہٕ

پۄرٕ سینٛدن۔ تختس پیٹھ میون حق گژھہٕ تسلیم یُن کرنہٕ ؟

ڈائریکٹر :۔ مگر ژٕ چھُکھ اَکس عوامی رہنما سنٛز علامتھ۔ ظالم

بادشاہ سنٛدِ قٲدٕ منٛز عوام مطلب سیتا آزاد کرنہٕ

یرو ٚنھے کیتھہٕ پٲٹھو بیہک ژٕ سنگھاسنس پیٹھ ؟

(لوکٹ اداکار چھُ یوان۔ لتس چھُ ہنوٗمان سنٛد ماسک

گردنہِ الونٛد۔)

لوکٹ اداکار :۔ اگر سنگھاسن میلِ۔ عوامس چھا تیلہِ ترٛھ ژٕ ھنی ؟

ڈائریکٹر :۔ ژٕ نے کمۍ دوٚ تے یوریُن ؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ مےٚ چھُ یاسان اُمو سنٛدی دوہ ٹھلنہٕ

سپتی آسہٕ اٮ۪ٹھ اَنی ڈبہٕ پھیر مٔٹر۔

ڈائریکٹر:۔ (کتھہِ ژاپھ دِتھ) ہین! تیٚلہ ما چھِ سارے شیطانی
اُمی سٕنٛدرے؟

پیرامٹر:۔ (سکرپٹس پیٹھ اوٚنگجہ تھوٚتھ) مگر اَمِس کُس تقصیر چھُ؟
وٕ وٕ ٹھیکہ اَس اُمی سٕنٛدس رولس منز اپٕ کھینہ۔

لوکٹ اداکار:۔ (برونٛہہ سٹیجس کُن ہیتھ ہیوٚرکُن ملوان) رول باگراوان
رول چھُ رول باگراوان۔ (لوکن کُن) تہٕ اَسی لوکٹ اداکار چھِ
ژھو پرٕ گرٕنتھ سٕہ رول اُچھن متھان تہٕ تیک نیٚنی سان
ورتاوان مگر پرٕہتھ وزِ چھُ یوان اَسی راہ کھارنہٕ۔ ووتی
گژھہِ بڈی اداکار (اِسان) ہیرو! اگر تم سارے پاٹکس
پیٚرٕ ڈونی ناد تہٕ گرٕن تمن پیٹھ چھینہٕ کانہہ اوٚنگجہ ترٕہکان
تُلِتھ۔

ہیرو:۔ تہٕ گوٚ پنُن پنُن طابع (ڈائریکٹرس کُن) تیٚلہِ کیاہ سوچِتھ
تھوٚ ہٕہ۔ ییٚہاہ تحقیق پیٹھ؟

پیرامٹر:۔ مگر ہیتھ سکرپٹس کیا بنہٕ؟

لوکٹ اداکار:۔ پرواے چھا امینڈمنٹ کروس۔ ذٕہ کرہس
ڈونیکتام ووتی کرٕڈس کہٕم تہٕ۔ ہیرو چھا لوڈ کنہٕ سکرپٹ؟

(زہرخندہ)

اسسٹنٹ ڈائریکٹر: تہٕ ہیکنہٕ سپدِتھ۔ سارے بنوڈتوہٕہ

مذاق - ( لۄکن کُن ہادِتھ ) یِم لۄکھ آسن اَسہٕ ہیٚڈان -

( وِلن چھُ یوان - سُہ چھُ اڈڈا بابا جیٚنس تہٕ اڈڈا
راون سِنذِس میک اَپس نٔنز - اَکھس کمنہٕ چھُس گورنہٕ
نس پینہٕ پتے چھُ میک اپ ہین تہٕ اژان - بیٚبلہ بیٚبلہ
راون ڈائیلاگ دِنہٕ چھُ مہ کلان - میک اپ ہین
چھُ لس میک اَپ کران )

وِلن :- بٔنہٕ دُ چھہ کُس کرِ سکرپٹ تبدیل ! ( ہیروہس کُن ) زِلن
یوٚہے اکھ چھُ بیتہٕ ایکٹر تہٕ باقے چھہِ مہ بجہٕ گرڈُ !

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :- اگر بہٕ آسہٕ ہا ڈائریکٹر بہٕ دِمہٕ ہا نہٕ اَمِس
ڈیڈی وان سنٔڈ پارٹ تہٕ -

ہیرو :- توے روزکھ دو ہے اسسٹنٹے !

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :- آئی سے شٹ اپ[1] -

ہیرو :- یو شٹ اپ[2] -

وِلن :- ( ہیروہس گورنہٕ ہاس ہوان لاین ) گرکھہٕ دَم کِنہٕ کرنا وَتھ !

( ڈائریکٹر چھُ پریشان گژھتھ کلس تھپھ کران تہٕ پیٚتہٕ
کربکھ دِوان )

ڈائریکٹر :- خاموش ! ( چنٔد منٹ سیٹی گڈان تہٕ وایان )
( سارنے چھہ ژھہ پیہ گژھان )

---

[2] YOU SHUT UP [1] I SAY SHUT UP

ڈایئریکٹر :۔ یٔیمہِ ڈرامُک ڈایئریکٹر کُس چھُ ؟

ہیرو :۔ (اسسٹنٹ ڈایئریکٹرس تہٕ وِلنس کُن ، یہِ چھُ ) تہٕ ہیرپٔرزان
ڈایئریکٹر کُس چھُ ؟

اسسٹنٹ ڈایئریکٹر تہٕ وِلن : (ڈایئریکٹرس کُن ) توٕہی چھِو ڈایئریکٹر ۔

ڈایئریکٹر :۔ تیٚلہِ کِتھہٕ پٲٹھۍ چھِو توٕہۍ مےٚ پیٹھ دباو تراوان ؟
ڈایئریکٹر چھُس سیزٕ تہٕ یِہ مےٚ خوش کرِ تہٕ کرہٕ یہ ۔ تِہٕنٛدِ
خِندِ دِمہٕ بہٕ سہٕ فٲصلہٕ لیُس تہٕ بہٕ شایِد دِمہٕ ہا ۔ ہرگاہ توٕہۍ
تھو پہٕ کرِتھ اٚسہ رٛودی متھ ۔ بہٕ چھُس مانان یہِ اوس
نہٕ ہیٚدٕ ۔ یہِ اوس ٹیٖل ۔ رامس سنگھاسن رنتھ شہ دِن واس
سونٛزن اٚس اکھ غلطی ۔ اگر والمیکین[1] ، تُلسی داسَن تہٕ پرکاش
رام کرِ گامی یہِ غلطی ہیٚچ نہٕ دور کرِتھ بہٕ کرہٕ ۔ سانِہ
ناٹکُک رام بیٚہہِ سنگھاسنس پیٹھ ۔ یہِ چھُ میون فٲصلہ
اَتھ خلاف دِمہٕ نہٕ بہٕ کانٛسہِ تہٕ اٚس مُشراونہٕ ۔ بہٕ چھُس ڈایئریکٹر
( ہیرو چھُ ٹِکھ رنتھ سنگھاسنس پیٹھ بیہان تہٕ تتھ
موٚتی کران)

ہیرو :۔ سنیم ایو جیتے ۔ آخر چھُ پوٚزِ سے پزان ۔
ڈایئریکٹر :۔ ڈراما گژھِ بیٚیہِ شوٗرُو ۔ ساری رٛوزِ وپنتہٕ پتہٕ
جایہِ تیار ۔ ( سیٖٹۍ وایان )

---

[1] عظیم سنسکرت شاعِر بیٚہ سنسکرت پٲٹھۍ رامائن چھُ لیوکھمت

( ڈایریکٹرس تہٕ پرامٹرس وۄتھِتھ چھہٕ سٹارس تیران )

پرامٹر :- مگر سکرِپٹس کیا بنہِ ؟

ڈایریکٹر :- بہٕ چھس ڈایریکٹر ۔ سکرِپٹس تلک پیٹھ کرُن چھُ میون پانہٕ والیشی حق ۔ اَن یوٚر !

( پرامٹر چھُ ڈایریکٹرس سکرِپٹ ہِلناوان )

ڈایریکٹر :- ( سکرپٹس چھُ قلم ڈالان ) یِم صفحہٕ گیہ ترٛاوِنہٕ ۔ یِہ سین گوو یوٚتھ نیٚن ۔

پرامٹر :- ( ییاکھ صفحہٕ ٹمونھ ) مگر یِمن ڈایلاگن کیا کرو ؟

ڈایریکٹر :- ہیتھ ! یِمن ڈایلاگن کیا کرو ! تہٕ نے سوٗچھِ نہٕ مے ( لوٗکن کُن ) جنابو ! اسہِ لگن تہٕ یانٛتھ منٛز سکرِپٹ شیرِس ۔ چھُنا صلاح تیتس کالس گژھو توٚہۍ تہٕ تریٚن زنگن واشس ؟ تیلہِ گوٚو حالس اِنٹرول ۔

( پردہٕ چھُ وسان )

# دۄیِم اَنگ

(پَردَس پِتہٕ کنہٕ چھُ زنانہٕ تہٕ مردٕ آوازِ منٛز یہ شلوٗک گیوان یِوان)

"آدو رام تپودنا بھگمنم ہتوا مرگم کنچنم
ویدیہی ہرنم جٹایو، مرنم سُگریو سمبھاشنم
بالی نِرٛ دلنم سمُدٕر ترنم - لنکاپوٗری داہنم
تت پشچات راون کنبھ کرن مرنم - ایتدھی رامائینم[۵]

(شلوٗک منٛز کلِتھ چھُ پردٕ دارٕ دارٕ ووتھان - سٹیج تہٕ سٹیجس پیٹھ سنگھاسن دۄشوے چھِ خالی - برنٛزی کھنٛڈ کِ چھُ ڈائریکٹر یِوان تہٕ لوٗکَن نمسکار کران)

---

[۵] आदौ रामतपोवनाभिगमनं हत्वा मृग काञ्चनम्।
वैदेही हरणं जटाव मरणं सुग्रीव सम्भाषणम् ॥
बालि निर्दलनं समुद्र तरणं लंकापुरी दाहनम्।
तत्पश्चात् रावणं कुम्भकरण मरणं एतद्धि रामायणम्।

ڈائریکٹر :۔ جنابو! توہہِ آسہِ خبر زِ رامائن چھےٚ اکھ زبٲنۍ ڈلیلہ والمیکی ینٛ، کمبنؠ تہٕ تلسی داسن چھہِ اتھ ڈلیلہ پیٚٹھ زیٚٹھی کاویہ لیکھو متۭ۔ ہرگاہ اُسی پننٕ ناٹک یمنے ترٛیشوٚن رامائنن پیٚٹھ مبنی تھاو ہاو، اُسی واتہٕ ہٲوتہٕ کُنہِ۔ مگر سانہِ خوش قسمتی سیتۍ چھہٕ رامائن ترٛیٚن مصرن منٛز تہٕ لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ ترٛیٚن مصرن ہٕنٛد رامائن یُوزتہٕ توٚہہِ ڈُنی۔ امیک مطلب اوس۔ گوڈٕ ہسا گورام وَن تہٕ تَتہِ مٲرِن سوٚ نہٕ ستتر رٲوسی گٔٹ۔ سیتاجی نیٚکھ۔ جٹایو موٚد تہٕ سگریوس سیتۍ سبز کنتھ باتھ۔ وٲلی واندرٕ آو مارنہٕ۔ سمندر اپٕور آو ترٛسنہٕ تہٕ لنکا آیہِ زالنہٕ۔ امہِ پتہٕ آیہ راون تہٕ کنبھ کرن مارنہٕ پُرتٕے چھہٕ رامائن ـــــ سون ناٹک چھہٕ اَتھی موختصر رامائنس پیٚٹھ مبنی۔

مگر تہٕ کرِتھ تہٕ پیٚیہِ اسہِ حالاتن ہٕنٛد تقاضہٕ مدِنظر تھٲوِتھ سکرپٹس منٛز کیٚنٛہہ تبدیلی کرنہ۔ اسہِ یِم سین سٹیجس پیٚٹھ ہاوِنۍ آسی تِم سٲری ہیٚکو نہ اُسی دوٚنۍ ٲدِتھ رام کتھایہِ ہٕنٛد سہ حصہ لیکھٕ نہٕ اُسی ہاوِتھ ہیٚکو کرٛتہٕ ترٛیٚن رِشی بالکن ہٕنٛد کورس تہٕ ہیٚر یرٛونٛہہ کتہِ بیان (نیران)

(سٹیجس چھہِ اَنہٕ گٹہٕ گرٛٹہ حالن تہٕ پتہٕ چھہِ ترٛیٚن رِشی بالکن پیٚٹھ

---

لہ تامِل شاعر یمیٚ زن اَتھ زبٲنۍ منٛز رامائن لیوکھمُت چھُو۔ کہ CHORUS

سپاٹ لائیٹ پیوان )

گوڈنیک رِشتہِ بالک :- رام تٕ ژنڈرس آسن جے جے کار !

دوٗیم رِشتہِ بالک :- جے جے کار سیتا ماتایہ !

ترٛیِم رِشتہِ بالک :- نمسکار پوَن پتر ہنومانس !

گوڈنیک :- پوَن پتر ہنومان لٲگ سمندرا پور کنُ وٕدھٕ تہٕ
سیتا ماتایہِ دِژن رامہٕ ژندرٕنی واج ۔

دوٗیم :- تہٕ بییہ پٔرٕ ۔

ترٛیِم :- رامہٕ ژندرس پیٹھ پٔرٕ ۔ تسنٛز شکتی پیٹھ پٔرٕ ۔

گوڈنیک :- یہ پٔرٕ تہٕ پاپ مارِ پوٚنی زینہٕ ۔

دوٗیم :- تہٕ سپدِ تہٕ تی ۔

ترٛیِم :- سمندرس سوٗن دِتھ تہٕ واندر سینا ہیتھ ژاو رامہٕ
ژندر لنکایہِ منٛز ۔

گوڈنیک :- یہ ژاو راوَن رازس ألہٕ ألہٕ ژاو راز مندورن

دوٗیم :- تہٕ سپُد یوٚد ۔

ترٛیِم :- تہٕ رٕوٕ راوَن ۔

گوڈنیک :- تہٕ تَسند بوٚے کنبھ کرن ۔

دوٗیم :- تہٕ کنبھ کرنٕن نیچو میگھ ناد ۔

ترٛیِم :- بچیو صرف راوَنُن دوٗیم بوے وِبھیشن ۔

گوڈنیک :- تمیٚ یا زِ سہ اوس دھرماتما ۔

دۆیم :۔ سُہ اوس نہٕ پاپی ، سُہ اوس پزر پاٹھۍ مہاتما۔

ترییم :۔ سُہ اوس رامہٕ ژندرُن ٹیکھنۍ ۔

گوڈنیک :۔ رامہٕ ژندرن دیت لنکایہٕ ہُنٛد راج سنگھاسن وِبھیشنس

( اَتھو سپاٹ لایٹ تل چھُ ہیرو واژان ۔ اَکِس نرِ چھِس
سونہٕ سُند مثرہ بند تہٕ بیٚیس نرِ چھِس ؤنہٕ رُدراکھش
مالے گنڈِتھ )

ہیرو :۔ ٹھہرو ! یہ کوٚت گو ڈایریکٹر ؟

( رنٛیتی بالک چھِ کھوژان ۔ ڈایریکٹر چھُ دوران دوران
یوان تہٕ ہیروہس کُن تتھہ پاٹھۍ وُچھان زن کھتھ
ژھٕنِس )

ہیرو :۔ ( ڈایریکٹرس کُن ) یم لوٚچہ کتھ چھیم ہاوان ؟ بہٕ کھوژے
نہٕ امہٕ سیتۍ ( دوٚیمہٕ نرِ ہنٛز رُدراکھش مال تہٕ مثرراوان
تہٕ تمہٕ بدلہٕ سونہٕ سُنٛد مثرہ بند گنڈان )

ڈایریکٹر :۔ ( ہیوٚر کُن وُچھتھ حکم دوان ) لایٹس آن

( ساری ہے سٹیجس چھِ گاش یوان ۔ ڈایریکٹر چھُ شرارتہٕ
سیتۍ دند چیران ۔ ہیروہس نزدیک یوان )

ہیرو :۔ ( ڈایریکٹرس ) گوڈہٕ بوز کتھ ادٕ کر شرارتھ ۔ توہہ
کوٚرو نا آدی منے سیتۍ واد زِ وہ تۍ بیٚہمہٕ راہے
سنگھاسنس پیٹھ ؟

ڈائریکٹر :۔ (کلہٕ ستی چھُ آنکار کران)

ہیرو :۔ توٚے تیٚ نا مٚے وَن واسنگ میک اَپ تہٕ کلس پہٕ ٹھ تھوٚدُم تاج، تریٚ گنٹہٕ م سوٚ نہٕ ہشدی مترد بنڈ۔

ڈائریکٹر :۔ (کلہ ستی چھُ آنکار کران)

ہیرو :۔ (رٚتھی بالکن کُن ہُوٚدیتھ) مگر تیٚلہ کیازِ دوٚن بھۄ نہ راہہٕ ژندہٕ دِیہٕ سنگھاسن دبیشنس؟

(اسسٹنٹ ڈائریکٹر تہٕ پرامٹر نہٕ چھِ یوان)

ڈائریکٹر :۔ ترٚے پوٚر مٔت راٗئن؟

ہیرو :۔ (کلہ ستی چھُ نکار کران)

پرامٹر :۔ اُمی آسہٕ نہٕ سکرپٹ تہٕ ٹھیک پٲٹھۍ پٔرمٔت۔

ڈائریکٹر :۔ سکرپٹ تہٕ چھُتھ نا پوٚرمُت؟

ہیرو :۔ (کلہ ستی چھُ نکار کران)

ڈائریکٹر :۔ (ٹکرٕ زنتھ) بہٕ چھُسے پرژھان تہٕ گۄ ییٚہ دِ نکھ یِمہ ڈرامُک ہیرو۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ ڈرامکی ڈائریکٹرن (اسان)

ڈائریکٹر :۔ ڈائریکٹر چھُ پنٕنی غلطی —— غلطی نہٕ پنٕن گنہ ناہ قبول کران (نکہٕ کُن) تہٕ یمن معزز لوٗکن مٲفی مٔنگان۔ زِ سون یہ بکواس بوٗزتھ آسن یم بیٚڑی پٲٹھۍ تنگ آمٕتۍ —— یہ ڈرامہ سپدِ نہٕ دوٚنی کمیشنہٕ۔ تۄہی بنتو اُسہٕ تہٕ ٹھد

خۄ واپس حوالہٕ ۔

پیرامسٹر:۔ (حیران گژھتھ ڈائریکٹرس کُن) تۄہیہ کیاہ چھِوٕ یِمہٕ ونان!
(لوکن کُن) جناب تۄہیہ بہِو (ڈائریکٹرس کُن) مےٚ پٮ۪ٹھ دِیو
مٲفی (ہیرو ہس چھ سمجھاوان) ترٛیے ناچھے تہٕ کُنہہ تران فِکرِ۔
راون مٲرِتھ ژٮ۪یت رام ژٕندرَن لنکایہِ ہٕندراج تٔہنٛدس بایس
وِبھیشنس تہٕ پانہٕ آو اجودھیا واپس ۔ اجودھیا وٲتِتھ کوٚر
تٔہنٛدی بائے بھرت جی ین تخت تہٕ حکوٗمت تسٕنٛزِ اماںتھ
زٲنِتھ تس حوالہٕ ۔ اجودھیا یہِ ہٕنٛد تختے چھُ اصلی تخت تہٕ تتھ
پٮ۪ٹھ چھےٚ ترٛیے بھیٚن تہٕ رام راجک سپن ہاوُن ۔

ہیرو:۔ گۄ تنیلہٕ آسہ تہٕ سےٚ کُنہہ فکرِ ترٛمُتر؟ (ڈائریکٹرس کُن)
اچھا مےٚ دِیو مٲفی۔

(ڈائریکٹر چھُ تس کُن ہَتھر کران ۔ ہیرو چھُس کھورن
ٹھسپہ کران ۔ ڈائریکٹر چھُ تس تھوٗد تُلان تہٕ دِچھس
ستی رٹان ۔ اِمی ساتہٕ چھُ بھرت یوان ۔ تس
چھِہ اتھس کیتھہ کھراوٕ کھوٗر جوراہ)

بھرت:۔ اگر تہٕ بھرت تس حکوٗمت حوالہٕ کرِ، تنیلہٕ؟
ڈائریکٹر:۔ گوژھِ اد سہوم ونہِ پُشنے؟
پیرامسٹر:۔ (بھرتس کن) تہٕ تہٕ چھکھ یژھان گرٛٹ بڑ کرُن ۔
بھرت:۔ بہٕ چھُس نہٕ گرٛٹ بڑ کرُن یژھان ۔ بہٕ چھس صرف یوتے

یوت زانُن تیٚژھان زِ بہ ۔۔ یانے بھرت کیازِ کرِ ہوٚ گومت
رام تٕہ ٹنڈرس حوالہٕ ؟

ڈائریکٹر :۔ کیا زِ کرہس نہٕ ۔ سہٕ اوس زانان زِ رام تٕہ ٹنڈر رٕے
چھہُ تختُک اصلی حقدار ؟ تخت اوس تس نِش صرف تیٚنٛڈِس
نِرِ ھُس بائے سُنٛد امانت ۔ بأے برادری اگر وُچھو آسہ سو
گرٕدہٕ ہتھٕ ژرِ ے وٕچھنہٕ ۔

( ڈلہ کٕٹ ادا کار چھُ یوان ۔ تس چھُنہٕ ہنوٚمان سُنٛد ماسک
بُتھِس لگاوِتھ ۔ بُلی کرٕ ہٕٹس الونٛد )

بھرت :۔ مگر از کل کین سانین ییٚن ڈراماوٕ چھین والین کنتہٕ وٕ سہٕ
بأے برادری ہنز یہ کتھ ہٕٹہٕ ؟ از دِیہ نہٕ بوٚئے بأیس
ناکہٕ لبد ، اَدٕ دِیہ سہٕ ہوٚ گومت ؟

ڈائریکٹر :۔ تٕہ کیا چھِکھ تیٚژھان ؟

بھرت :۔ بہٕ چھس یژھان پنٕنس رولک جواز ۔ ییٚنہٕ پأٹھی توہہ
رامہٕ ٹنڈرِنس تٕہ راونٕ سٕندِس جنگس اکھ نوٚو مطلب
کوٚڈ ڈو ۔ راونٕ گو ایسٹیبلشمنٹ ، سیتا گیہ عوام ، رام
گو عوأمی لیڈر ۔ تِتھے پأٹھی تٕہ ہانٛڈی تو میأنِس رولس
تٕہ کانٛہہ مطلب ، ییٚمہٕ سیتی بہٕ زیادٕ جان پأٹھی ایکٹنگ
ہیکہ کٕرِتھ ؟

پیرامسٹر :۔ ( حارأن گژھتھ ) اکھ کُس نوٚو مطلب ہیکو کڈِتھ ؟

لوکٹ اداکار :- (برونٹھ کُن بتھ) ہیکوس کٔڈِتھ !

ڈائریکٹر :- (لوکٹس اداکارس کُن) دراکھہِ تہٕ بٔنیہٕ گاگی گی کرنہٕ !

لوکٹ اداکار :- گاگی گی کرنہٕ ہٕ - پرانہٕ کیتھ نوو مطلب کڈٕ تہٕ (بھرتس کُن) وولہہ بہٕ تارٕے فکرہِ بھرت کیا ترکرِ ہوٚ گوٚمت رام زٕندرس حوالہ - دِ بیم کھڑاوٕ کھوٚرٕ یوٚرٕ ی ......

(بھرت چھُ تس کھڑاو دِوان تہٕ لوکٹ اداکار چھُ کھڑاو سنگھاسنس پیٹھ تھوان)

لوکٹ اداکار :- (کھڑاو دِ نمسکار کٔرِتھ) بھرت جی ین ناو تہٕ دہت وٕری ین لوکَن ہیہے کھڑاو تہٕ پانہٕ کرٕن منزس منٛز ہوٚ گوٚمت دٔپہِ کیتھہِ پٔٹھی ؟ ییتہِ پٔٹھی ......

(اَمہِ ڈائیلاگ چھُ لوکٹ اداکار کُنی زٕون مونو ایکٹنگ[۱] منٛز پیش کران - یانے بھرت تہِ چھُ سے بنان - مہامنتری تہِ سے تہٕ لوکھ تہٕ سے)

لوکٹ اداکار :- (بھرت سنٛز ایکٹنگ) بہٕ چھُس بھرت - رام چندر جی سنٛدِس داسہٕ سنٛد تہِ داس - راج چھہِ تمے سٕنٛد تہٕ تہنٛزِ غٲر حاضری منٛز تہنٛز کھڑاو کران - بہٕ چھُس نہٕ کینہہ (آلو دِتھ) مہامنتری !

(مہامنتری سنٛز ایکٹنگ) مہاراج آگیا !

(بھرت سنٛز ایکٹنگ) راج کوشس منٛز کوتاہ دھن آسہٕ ؟

---

۱ MONO-ACTING

(مہامنتری سنتر ایکٹنگ) مہاراج پُتِ مہ رٕبتہٕ آسی ییتراہ پچھ سونہٕ ٹھٕنگو، تمہ پیٹھ آنہٕ لودُن تہ ہمہ دٕہن پچھن ٹھٕنگپن گاندھار دیشہٕ پیٹھہٕ سوم رَس تہٕ دٕچھہٕ رَس۔ رازٕ دٕشرتھن سو مبرود دھن۔ تہ ہمہ کرِ وٲس عٲش۔

(بھرت ہنتر ایکٹنگ) مہامنتری! یہٕ چھیس عٲش کرنہٕ آمُت خرچاونہٕ آمُت۔ تو ہُہ کدٕہ لتہ میانہٕ آ گیا سپتی راج کوشہٕ منترہ ہیہ پاپترھ پچھ سونہٕ ٹھٕنگو تہٕ ماندوی دیوی کیٹھُت پیتاوی تہ سرجو ندی ہندس بٹھس پیٹھ اکھ شوبہٕ دار رازٕ بوَن۔

(مہامنتری سنتر ایکٹنگ) مگر مہاراج! ڈوڈ رٕہتھ برو تھٕنہ ہیے لاگی آسہٕ مہاراجنی ہند بوَن شیرنس پیٹھ اکھ پچھ سونہٕ ٹھٕنگی۔

(بھرت ہنتر ایکٹنگ) آ۔ مگر اوترٕ پیٹھہٕ چھُنہٕ سُہ تمن خوش کران۔ تم چھہٕ یترھان اکھ نوٚو رازہٕ بوَن۔ کولہٕ ہُبٹھس پیٹھ

(ہنگہٕ تہٕ منگہٕ پریشان ہوٕ گرٕ ھتھ) مہامنتری یم کم چھہٕ؟

(مہامنتری سنتر ایکٹنگ) مہاراج یم چھہٕ پرجا جن۔

(بھرت سنتر ایکٹنگ) (کھوٚنہٕ تھ) یمن کیا گرٕ ھ؟

(لوکن ہنتر ایکٹنگ) اَنہٕ داتا! بھرتس آسِن جے جے کار! مہاراج ہیُس رٕوشی آسہٕ ییتہٕ رازٕ۔ شراوُن آو، مگر

---

[1] بھرت ہنتر زنانہٕ [2] سہ دریا وینیہٕ کس ہٹس پیٹھ اجودھیا آباد س [3] رعایا۔

اکھ اڈبۍ لۄنگ تہٕ کھوت تہٕ آکاشس ۔ بأے ریپٹ ڈراو ۔
اکھ رۄد پھیوٚر ترٕ پیوٚ ہٕ پُترأتز ۔ جویَن تہٕ کوٚلن ژمیو ولیپنی ۔
بترأژ گییہٕ چاکھ ۔ ہیو کھے وُژھ ۔ تہٕ یو چھیہٕ ستی ہۄدی
سأنی شُری بأژ تہٕ چار وأسئے ۔

(بھرت سنٛز ایکٹنگ) (لش کھأرتھ) مےٚ تش چھُتہٕ یہ یکواس
بوزنہٕ خاطرٕ سمے ۔ ژھوٚٹراوِتھ دُلز کیا چھُوٚ وَنُن ؟

(لوکن ہنٛز ایکٹنگ) ہے مہاراج ! ہی انہٕ داتا !! راج
کوشہِ منٛز گۄژھ اسہِ کینہہ مدد سَپدُن ۔

(بھرت سنٛزِ ایکٹنگ) راج کوش ! راج کوش چھُ خأللی ۔ اَسہِ
ہے پیوٚ یوت بوٚڈ جنگ لڑُن ۔ تتھ گۄ تار کھینٛز خرچ ؟

(لوکن ہنٛز ایکٹنگ) مہاراج ! ویتن پیٹھ کرِو دیا !

(بھرت سنٛز ایکٹنگ) بہٕ چھُس نہٕ مہاراج ۔ مہاراج چھِ
رام چندر جی (کھڑاوِ نمسکار کران) بہٕ چھُس تہنٛد اکھ داس ۔

(لوکن ہنٛز ایکٹنگ) مہاراج اَسہِ یرِ اوس ترٕ کُن ۔ دوقی
چھُنہٕ اَسہِ پیش کھیۆ ۔

(بھرت سنٛز ایکٹنگ) وارٕ ڈُچھو بیٚیہِ ما نیرِ وکینٛہہ ۔ اگر
نیرِ کانٛہہ چیز سہٕ گژھِ کِنٛہ تہٕ ژم ہاوہٕ گژھن راج
کوشس یرٕ ترٕ ۔ لنکایہٕ ہنٛدِ یوٚدکس چھا اَسہِ کم قرض کھوٚتمت !
واندرہ جوانن چھُ دون رہبتن ہُنٛد تنخا دِنے ۔ تہٕ تیٚمی

ٹھیکہ دارن پننہِ ہن تہٕ ہاپیتن ہتھہِ خاطرٕ ڈوٗنی تہٕ باقی ہٕو کھ
کیٛہہ تانٛہ ہیٛو سپلیٚ کوٗر۔ تسٕنٛز فائیل بہِ چھےٚ وٗنہٕ پاس
کرُ ستےٚ۔

مہامنتری۔ پٔرہہ کٲنٛسہِ سٗونٛز پوٗن اکھ اکھ سپاہ لیُس
یمیٚن لیس راج کوٗشہٕ خاطرٕ دان اَنہٕ۔

( زن مہامنتری لیس کنس تل چھُ ونان ) یہٕ کیٛشہہ سپاہ ادِہ
اَنن تہٕ گرٛدہِ لو تہٕ پاٗٹھی ماںنڈو دیوی حوالہ کرُن۔

( مہامنتری سٗنٛز اکٹنگ ) مگر مہاراج ! دپان چھہٕ زٕ رام
چندر جی چھہٕ راولس ہارتھ ایو دھیایہ واپس ییٚنہٕ خاطرٕ لنکایہِ
منٛز دراہتی۔ ممکن چھُ تم ماواتن دون ترٕین دہن تام لور۔
( بھرت سٗنٛز اکٹنگ ) ( اسان ) واتی تن توتہٕ کیا ؟ بہٕ بےٚ
چھس تمنےٚ پٔراران۔ ییٚتھےٚ تم واتن تتھےُ کرکھ بہٕ حوٗکومت
حوالہ۔ ییٚتہٕ زانن تم۔ تہنٛدُ خٲلی خزانہٕ تہٕ ایو دھیایہ ہنٛدِ ی
بوچھہ ہتی لوکھ ( اُسان پیٚتہٕ زن مہامنتری لیس کنس تل ونان )
ماںنڈوی دیوی ہنٛدِ راز بوٗنہٕ خاطرٕ کنٛڈی زیوٗ اژی راج کوٗشہِ
منٛز پانٛزہ لچھ سوٗنہٕ ٹنٛکی۔

( لوکٹ اداکار چھُ مولو اکٹنگ بند کران تہٕ پیتہٕ
بھرتس تہٕ ڈایرکٹرس پٔرزنان )

لوکٹ اداکار :۔ ڈراد پرانین کتھن توٗ مطلب ؟ ( بھرتس کُن ) میولہ

تہٕ ہیہ پنتہٕ روٗلک جواز ؟

( ڈایریکٹر چھُ ہیٹی وایان )

ڈایریکٹر :۔ کانسہِ ہیکہِ تَہٕ پنتہٕ روٗلکُک جواز یا مَتہٕ ہیکی تَہٕ ۔ ڈرامہ
سَپدِ تِتھے پأٹھۍ ییتھہٕ پأٹھۍ مےٚ خوش کرِ ۔ بہٕ چھُس
ڈایریکٹر ۔ ساری اَتِھ اندر تہٕ رٕوزِیو تیار ۔ یہ چھُ میون
حکم ۔ ( لۆکن کُن ) جناب مأفی دِیو ۔ اَسہِ لگہِ ہمنٹ کھنڈ
بییہٕ ناٹک شوٗرٗو کرنس ۔

پیرامٹر :۔ ییتہٕ یوٚت تاب کوٚرکھ ۔ تتہٕ کرَن اَکس ہمنٹس بییہٕ ۔

(ساری چھِ ہوان نیرَن ۔ اسسٹنٹ ڈایریکٹر چھُ اتی
روزان تہٕ میک اپ مین لوچہٕ ڈرسہٕ دِتھ چھُ تس
تہٕ سٹیجس پیٹھے ٹھہرنُک اشارٕ کران ۔ تِمَن دوٚن
ورأے چھِ ساری نیران )

اسسٹنٹ ڈایریکٹر :۔ ( تھنڈ کران ) وُچھتہٕ ڈرامہ ؟

میک اپ مین : یوٚ ہے گوَ ڈرامہ ! ( لۆکن کُن ) کیا جناب
تۆہہِ آسیا زانہہ یتھ ڈراما وُچھمُت ؟

اسسٹنٹ ڈایریکٹر :۔ ( شرارتہٕ سان ) سورُے تقصیر چھُ اُمِس
نایب کار ڈایریکٹرس ۔

میک اپ مین :۔ ڈایریکٹر بچور کیاہ کرِ ؟ ہیروٗئن اوٗس شہ
لیپبرٕ ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر : کیا تِہ بنووُن سے ہیرو ؟ کیا ژِ چھہ تسُنٛدی
نخرٕ برداش کران ؟

میک اپ مین :۔ ژٕن نٕ پئے چھُے (اسان)

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ سورُے چھُم پئے ! پتاہ چھُم ژِ سون ہیرو
چھُ رشوتچہ وول اِنسان ۔ سُہ چھُ اَمِس ڈائریکٹرس
ریڈیو تہٕ ٹی وی پیٹھہ پروگرام دِنہٕ ناوان ۔ مگر تمہِ ستی
کیاہ گو ؟

میک اپ مین :۔ اد کمہِ ستی گوٚ ؟ اَسس کوٹا ترو یوٗ۔ آہی
یا ٹھا دژو یو ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ نخاَر بہٕ ہیکہٕ نہٕ دوٚنی ہیتھ کلبس ستی روٗزتھ
ہیتھ کلبس منٛز روٗد کانٛہہ ڈسپلن نہٕ کانٛہہ طریقہٕ۔ ڈیرس
ہیٚتھ اَیکھ رام لیلا کرنی تتھ آیکھ یِر تشوٗب ۔

میک اپ مین :۔ سبزٕ و تم چون مُدعا کیاہ چھُ ؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ مُدعا چھُ صاف ! اَسی بناوو اکھ نوٚو
ڈراماٹک کلب ۔

میک اپ مین :۔ متے تہٕ یوو یرو تھٕ ٹھے فِکرِ ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ گھٹا بجات خیال ؟

میک اپ مین :۔ نفیس ! نفیس بہٕ تہٕ اوسُس پی یژھان ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ اَسہِ آس خبر توَے کرٕ ژنے سپتی کتھ۔

میک اپ مین :۔ تنیلہِ کرَ کرٕو میٹنگ ؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ میٹنگے کتھ پچھےٚ کرٕنی ؟ بہٕ گوس پریذیڈنٹ، تہٕ گوکھ سیکریٹری ۔ وونی لیکھو اخبارو خاطرٕ بیان ۔

میک اپ مین : وٕنی ؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ اَدٕ چھا یژھن کامن ژیر لاگان ؟ تلٕ قلم کاغذ

( میک اپ مین چھُ چنِدٕ منٛز قلم تہٕ کاغذ کڈان )

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ لیکھ ـــ اَسی چھِ موٚحسوس کران تہِ رام لیلا ڈرامیٹک کلب یمہٕ عظیم مقاصدو خاطرٕ قایم اوس آمُت کرنہٕ ۔ رتم ہیٚکی نہٕ پورٕ سپدِتھ ۔ کلبہٕ کیٚو کینٛژو ممبرو کوٚر یہِ کلب ذاتی اغراضو خاطرٕ استعمال تہٕ اوَے کِنہٕ روٗد نہٕ کلبس منٛز کانٛہہ ڈسپلن ۔ لیہٰذا چھِ اَسی تھیٹر تحریکہ ہنٛدی رٕت کانچھن والی رام لیلا ڈرامٹک کلبہٕ نِش الگ رٕنیرتھ اکھ نوٚو ڈرامیٹک کلب قایم کرُن مناسب زانان۔

( میک اپ مینس پرٕ ژھان ) کیا تھوٚو پتِس کلبس ناو ؟

میک اپ مین :۔ یہ چھُ رام لیلا ڈرامیٹک کلب یون کلب گوٚ نیو رام لیلا ڈرامیٹک کلب ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ آ ۔ اکھ "نیو" لفظس منٛز چھےٚ اَکھ کٔشش ۔

میک اپ مین :۔ بلکل ۔ بلکل ۔ چیز روزی تن سے مگر بیٚلہ ناوس
تُتھ بیہ "نیو" لفظ چھُ لگان ۔ لوکن چھُ پتٔری پاٹھۍ تؤر
باسان ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ لیکھ ــــ (میک اپ مین چھُ لیکھان) اَسی چھِ
سارِنٕے باشعور فن کارَن تہٕ دانشورن دعوت دِوان زِ ہم
گرٕ ھن تیو رام لیپلا ڈراماٹک کلیس منز شامِل ــــ
تلہٕ کتہٕ گئاس سانٕی دستخط ۔

(ڈائریکٹر چھُ یِوان)

ڈائریکٹر :۔ توہیہ کیاہ تٕروٕے چھِوٕ بیتھ کران ؟ سٹیج تراوِو
یلہٕ ۔ ڈرامہ چھُ تیار ۔

(تربیتوٕے چھِ اندر اژان ۔ ڈائریکٹر اکِہ طرفہٕ تہٕ
ہمُ زٕ دوٚیمہِ طرفہٕ ۔ سیٹی چھِ وزان تہٕ سٹیجس پیٚٹھ
انہٕ گٹہٕ گرٕھان ۔ اَنہٕ گٹہِ منزٕ چھے گیوٕ یِنٕچ
آواز دوٚن تلان ۔

رگھوپتی راگھو راجہ رام

پتِت پاوَن سیتا رام

یمےٚ زٕ مصرعہ چھِ کُل تربیہٕ پھِر یِوان گیوٕنہٕ تہٕ امہِ
پتہٕ چھِ سنگھاسنس پیٚٹھ سپاٹ لائیٹ پیوان
سنگھاسنس پیٚٹھ چھِ رام تہٕ سیتا بِہتھ بکشمن

تہ بھرت چھ پننِس کنہ کھڑا گژھ گاہ کران ہنومان چھ پتھر
بہتھ رام ژ ننُدرس کھورن موٗٹھ دوان )

رام :۔ بھرت ! راز دھانہٕ تہٕ راز دھانہٕ نیبر گامن ہند کیاہ
چھُ سماچار ؟

بھرت :۔ مہاراج ! ژہ یاری چھےٚ شوٗب بے شوٗب ۔ راز دھانہٕ منز
چھُ ازکل واریاہن نوٚین یوتن کُن پوان ترادنہٕ ۔ راز دانہٕ
نیبر چھ کھاہ تہٕ باغ دانہٕ تہٕ میوٗسنہٕ پرٚتھ ۔

رام :۔ پرژا یہ ہنز کیا دِشا چھےٚ ؟

لکشمن :۔ مہاراج ! پرژا چھےٚ سوٚکھی ، سوٚستھ تہٕ آنندس
منزٕ گرس منز آسی تن یا گرٕ نیبر ۔ تم چھ تہندی گوون
گیوان آسان ۔

رام :۔ آ ۔ آ ۔ اسہٕ تہٕ بوتہٕ دُنی تہندٕ اکھ زٕ گیون لیہ ۔ اچھا
یہ دُنی توٚ اَرچ کیا دِشا چھےٚ ؟

بھرت :۔ مہاراج یندٕ راز ستہٕ چھےٚ تہس اسہٕ ییٹھ زیاد
کرٕ پاٹھ ۔ تہس پیوٚ یڈ برِتھ روٗد تہٕ تیوٗت اَن دوہ پدیوٚ
زاردار ساس کچھ پیپن بیٚیہ نیادنہٕ ۔

رام :۔ لوکن ہندس سو بھادس منز تہٕ آیا نرمی کنہ نہ ؟

لکشمن :۔ یینہٕ ییٹھ تہ ہیہ سنگھاسنس ییٹھ ہیوٗت یہن ۔

---

لہ حالتھ ۔ ۲ صحت مند ۳ مہربانی

تِمنے ییٚتھ بنیو پانٔے لۆکن ہنٛد سۆ بھاو مۆدُر تہٕ میٚٹھ۔
تِمن گو مُشتھے تہٕ داگ، کپٹ، ژھل، پاپ یا اپژ کنھ
آسہِ دنان؟ وونی سپدِ جلدے ویدوانن[1] ہنز اکھ
سبھا تہٕ یمہ اپ شبدن[2] شبد کوشہٕ[3] منز گنڈتھ تھوننہٕ۔

رام:۔ سۆلین، کٹین تہٕ پوشن ہنز کیاہ دلیل چھےٚ؟
بھرت:۔ مہاراج! گُلو نہٕ چھ پرٛتھ پکار ہیوٚ چھمٹ۔ یمِس کانٛہہ
تہٕ نفر کلۍ ژھایر تلۍ چھ بِہان۔ سلۍ چھِ پانٔے تس
بیرونٛتھ کنہٕ پننٕ پھل دِوان وآرِ نتھ۔ پوشہ تہٕ چھ
پانہٕ وآنۍ وآرِ مُشراودنتھ پریم ورتاوان۔ سرجواپارِ
چھِ دوہے اکھ سیٚہہ تہٕ اکھ ژھادٕرج اکی سے
گاٹھس بیٚتھ ژریش چیٚنہِ یوان۔ تہٕ یہ دُچھنہٕ خاطرٕ
چھ کھولہِ بیپارٕ لۆکن ہنز ییٚر آسان۔
رام:۔ گو کُنہِ طرفہٕ چھنہٕ کانٛہہ اشانتی[4]۔
لکشمن:۔ مہاراج! پرٛتھ طرفہٕ چھےٚ شانتی (دوٚنہٕ تہٕ پانتھ
زن پالس سنتی) وونی گو ....
رام:۔ (حارالی تہٕ تشرارتہٕ سان) وونی گو؟
لکشمن:۔ وونی گو مہاراج کُنہِ کُنہِ جایہِ چھِ دُنہٕ تہٕ ساݨی
دشمن سکلہٕ ہوان تلن۔

---

۱ عالم ۲ ناکارہ الفاظ ۳ لغات ۴ دوگنیں میٹھ ۵ احسان ۶ بداَمنی

بھرت :۔ مےٚ رٕنش دوت نہٕ ہیتھ کانہہ سماچار ۔

رام :۔ اَسہِ رٕنش تہٕ دوت نہٕ ڈٕنیکھتام ہیتھ کانٛہہ وٕرتانٛتھ[1] ۔

لکشمن :۔ مہاراج ! راتھ اوسُس بہٕ ڈوٗلیِ گاٹھو رٕنٛز پکان ۔ بہٕ

پیو تتاک کٕڈِتھ اَسی مےٚ اَکِس تاوِ ہ٘ ناٛنٛز سنٛدِ پیو لاگ

ہتھ ۔ یمہ ڈوٗلیِ آسی پانہٕ واتی کیاہتام سٕسُر گسُرِ کراَن ۔

تہٕ تِھہے مےٚ کنُ نظر پییہٕ یکدم کٔرِکھ ژھوہ پیہٕ تہٕ بیتھہٕ

پلو چِھلنہٕ (لاگان) چھُوا ، چھِو ، چھُوا ، چھو ۔ مےٚ ژون

تہٕ کتہٕ تام چھُ کیاہتام کھُرٕ آمت ۔ مےٚ دِژٕ پتہٕ رٕنٛز زورٕ

زورٕ کرِ یہ " رام تہٕ نٛدرس آسہن جےٚ جےٚ کار !! " ( نا

دٕہ میدی سان ) مگر اتھ جےٚ جےٚ کارس تہٕ آو نہٕ اورٕ کانٛہہ

جواب ۔

رام :۔ یہٕ کتھ ہے چھےٚ تہٕ وانہٕ ہ٘ دِتھ دِوان زِ سانہو شترو[2]

چھُ بیٚنہٕ کلہٕ ہیو تمت کٕڈُن ۔ ( سیتا یہ کنُ ) سیتے تٕرے

کیا چھُےِ پاسان ؟

سیتا :۔ سامی بہٕ چھیسہٕ توہہ رٕنشہِ بیوٗن ؟ یہ توہہ ہیہٕ پاسیو تہٕ

چھُ مےٚ تہٕ پاسان ۔

رام :۔ لکشمن ! اَسہِ رٕنش چھُ پریم ۔ اَسہِ رٕنش چھےٚ دیا

( بھرتس کنُ شرارتہٕ سان وچھان ) مگر تمیک مطلب گو تہٕ

---

[1] خبر [2] دشمن ۔

تہِ اَسہِ تگنہِ پننین شُترن ڈنڈ دِین۔

(ڈائریکٹر چھُ دوران دوران یوان)

ڈائریکٹر۔ (لوکن کُن) مےٚ گژھ مُنزٕ اَتہٕ نہٕ خاطرِ مافی دِنی (ہیرو ہس کُن) دوپہے یہ پنٕنیم ڈائیلاگ وَننہٕ وزِ کیا زِ وُچھتھ ترٕ بھرت جی یس کُن؟

(پرامٹر تہٕ چھُ یوان)

ہیرو۔ ادٕ تمہِ سٕتی کیہہ فرق پییہ؟

ڈائریکٹر۔ پییی فرق! ترٕ دِینتھ لوکن مٲوِتھ زِ رام جی چھُ بھرت جی یس پیٹھ شک کران۔ غلط ڈائیلاگو تہٕ غلط ایکٹِنگہ سٕتی دِینتھ ترٕ راماین اکھ بدِ لے لوٗسٹ ٹ۔

ہیرو۔ مےٚ وون تہٕ ڈُنی کیہس کانہہ غلط ڈائیلاگ (پرامٹرس پیٹھ ترٕ ھان) کیا سٲ؟

پرامٹر۔ (سکرپٹس نظر دِتھ) نہٕ ڈُنی کیہس وون نہٕ اُمی کانہہ غلط ڈائیلاگ۔

ڈائریکٹر۔ مگر غلط ایکٹنگ کرن۔ تیوٚت تاون پیپا زِ رام زِنٛدٕر کرِ بھرت ہوِس پاگیس پیٹھ شک؟ (لوکن کُن مٲودِتھ) ییم لوکھ کیاہ سونچن؟

پرٛامٹر:- بھرت جی ین کوٗر یورٕ ے رام جی ییٚس راج حوالہ - رام جی ہیٚکیا تس پیٹھ تنک کٔرتھ -

(لوکٹ اداکار چھُ تتھِ پیٹھ ماسک تھوٗد تُلان)

لوکٹ اداکار:- کیازِ ہیکتہٕ کٔرتھ ؟ ییٚتہِ تیمی یس پنہٕ نیوٗ اُتھو کھور تمیُ کوٗر تس پیٹھ تنک - کاٚنسہِ کوٗرِ کاٚنسہِ پیٹھ اکھ یس پیٹھ احسان کرنہٕ آو - تمیُ کوٗد پتُن مکُن قاد --- دٕ شرھتا وِتھ وَنا --- بوٗزِو --- (لہجہ بدلِتھ) یا ترٛلوٗکھ.

ڈائریکٹر:- یہِ کاٚکی گی کربند ! (ہیرو ہس کُن ہاوِتھ) تیمی شندی مترن کٔر تہٕ ساٚیتس ناٹکس تیشر یہِ وُنی ناو بیتر چانہٕ کاٚکی گی کرُ - یہِ چھُسے وَنان ماسک لاگ - (لوکٹ اداکار چھُ ماسک لاگان تہٕ ڈائریکٹر چھُ لوٗکن وَنان) اچھا ناٹک روزِ جاری.

(ڈائریکٹر تہٕ پرٛامٹر چھِ کھوورِ طرفہٕ وِنگہِ کِنی اندر اژان - سٹیجس پیٹھ چھُ رام ، سیتا ، لکشمن ، بھرت تہٕ ہنوٗمان روزان - ییتھے ڈائریکٹر تہٕ پرٛامٹر اندر چھِ اژان - رام بیترِ چھِ حرکت بند کران یا نے سٹلس منز یوان - کینہہ لمحہ پتہٕ چھِ وِنگہِ بتہٕ کنی سیٹی ہنز آواز یوان تہٕ سٹیجکی کردار چھِ بیٚیہِ حرکت ہیوان کرٕنی)

بھرت : گرٕ دیو چھ پدھاران ۔

( دِلنَ ۔ یانے گوڈنکہِ اکھ مُنگ رادلن چھ وشسٹ بننہٕ

ریوان ۔ رام ژٕ نٕدرٕ تہٕ سیتا بچھ نفوس ڈیھتہ تس پرنام

کران )

رام :- پرنام گرٕ دیو ۔

وشسٹ :- آیِ تہٕ تیتر ہرِتے ۔ ( سیتا یرکُن ) ڈ ہکہ ججر رُوزی

تے ۔ برتھا سُنٛد پریم پوشِنی ۔

( رام چھُ بیٚہِ سنگھاسنس پیٹھ بہان )

رام :- گرٕ دیون کیتھہِ پاٹھی کوٚر کشٹ[1] ؟

وشسٹ :- رام ۔ کیا دستے ؟ از یِتھے بہٕ نیٚنٛدرٕ ڈیھتہ یارٕ

یل سندھیا کرنہٕ وۆتھس کیٚتہٕ دۆجی تہٕ ڈلی بایہٕ آیہٕ

مئے تش تہٕ وۆنکھ اسہِ چھنہٕ وہٕ فی مہاراج رام ژٕنٛدرس

پیٹھ پٹھ رُوز مِتر ۔

لکشمن تہٕ بھرت :- ( حاراٚنی تہٕ شرارتہٕ سان ) کیاہ ؟ تم کیتھہِ

پاٹھی بہر سیہٕ یہ وٚتلس ؟

وشسٹ :- بھرت ، لکشمن ! یِلہِ گژھہ نہٕ گرٕ دٕ کرُن ۔ پرژایہٕ

چھ کیشہتہ تہٕ وٚتلس ادھیکار ۔ رازس گری تن حوش یا

مُتہٕ گری تن ۔

---

۱۔ تکلیف

رام :- گرٕد دیو ! مٔتے ییٚتھ پرٛتھ پھٹنکٕ کیا کارَن دوٚن تمو ؟

وِشِسٹ :- وَنان آسی (سیتایہ کُن وُچھتھ) کوٗری ! گرٛتھ تہٕ کر آرام - یا گرٛزھتہٕ انتاپوٗرٕ کُنۍ دِ تہٕ تنظراہ - مٔتے یوٗزٕ توتٕ چھہٕ بنگ دیشکو کمتام باپٲری رنگ برنگی پلو کِنٛنہٕ آمتی -

سیتا :- (خوش گرٛزھتھ) اچھا ! (خوش گرٛزھتھ چھہٕ نیران)

لکشمن :- یہٕ اوٚس وُنی وَنان زِ راتھ وُچھ مٔتے دوٚلی گاٹھس ییٚتھ کیشِتہٕ دوٚلی سُسرِ گُسرِ کران - مگر میانِس وَننس کٔر نہٕ کانٛسہِ پرٛزھ -

رام :- (پریشان گرٛزھتھ) گرٕد دیو کیا آسی تم دٕلی وَنان ؟

وِشِسٹ :- رام ! تم آسی وَنان زِ بیٚیمہٕ جانکی یہٕ ییٚتہِ دُری یِتھ راوٕنس سیٚتی گرٕ بار کوٚر - سہٕ کِتھہٕ پٲٹھی تھوٕ رامن مہاراجی بنادِتھ سٲنِس کُلس ییٚتھ ؟

لکشمن :- تمو دوٚنہٕ یہٕ ؟ یہٕ کٔڈٕ تمن زبو مٔلہٕ - سیتا ماتا چھےٚ گنگہٕ واتہٕ کھوتہٕ تہٕ شُرٛدٕ تر -

وِشِسٹ :- لکشمن کرٛود گرٛزھتہٕ کرُن - یہٕ زایہ چھُہ کیشِتہ تہٕ وَننس ادھیکار -

رام :- گرٕد دیو ! یہٕ کیا کٔرٕ ؟

---

لہ بنگالکی

وِشِسٹھ : رام ! ژٕ ے پَزِی تِہنٛدِ مَنہٕ ہُنٛز شَنٛکا دوٗر کرٕنۍ (اتھ
سیٚتھ بتاوِتھ ) یا سیتا ترٛاوٕنۍ یا سنگھاسن ترٲوُن ۔

رام :۔ ( سنگھاسنس نالہٕ موٚت گرِتھ ) نَہ نَہ ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ یِہ
کٔرِتھ ۔

وشِسٹھ :۔ راژس چھِ پننہٕ وٲرِیہِ کٔنی بتاوِتھ کُنہٕ کُنہٕ وِزِ دیٛہہ
گٔژھی تہٕ بیوٗن ننگلاوٕنۍ ۔

لکشمن :۔ (شرارتہٕ سان) مٲلِہ یلہٕ ژھٕلی ژھٕلی چھہ دو بیٚن ہُنٛز لیود
تہٕ مٲلِہ آسان گٲمژ ۔ رٕتہٕ چھیتہٕ گٲشہٕ ہُنٛد سوکھ ژٕتِتھ
ہیکان ۔ تِہنٛدِ سیٚے وَنَنس پیٚٹھ ترٛاوِتہٕ یِم سیتا ماتایہ
یا سنگھاسن ؟

وشسٹھ :۔ سنگھاسن مَتہٕ ترٲوِی نَن ۔ سیتا پیٚیکھ ترٛاوٕنۍ ۔

لکشمن :۔ مگر یِہنٛز بِہ غلط منگ منظوٗر کرنہٕ خٲطرٕ کیازِ اُسی
مجبوٗر ؟

لوکٹ اداکار :۔ (تِمہِ پیٚٹھ چھ ہنومان سُنٛد ماسک نَفوٗد تُلان تہٕ
لوتہٕ لوتہٕ لوکَن کُن وَنان ) شاید آسَن تِہنٛز موٚ چھِ مُنٛز
وارِیاہ ۔ ایم پی لہ تہٕ ایم، ایل، اے ٹہ (پیٚیہ ماسک لگاوان)

رام :۔ گرُو دیو ! توٚہی دُلتو یہٕ کیاہ گرٕ ؟

وشسٹھ :۔ (سوٗنچِتھ) رام ! ژٕ ے رَنش چھِ زٕ دَتہٕ ۔ یا سنگھاسا

---

لہ M.P ٹہ M.L.A

تراوُن (رام ژٔندرس چھُ وُدُن ہیوٚ یوان) نتہٕ جانکی تراوِنۍ۔ (دَم دِتھ) ہیٚے چھُ باسان سنگھاسن تراوُن گو رانٛہٕ دھرمہٕ نِش لوٚب ہیوٚن۔ تہٕ چھُنہٕ جان۔ (رام چھُ خوش گژھان تہٕ کلہٕ گلنہاوتھ وشسٹھ جی ہِنٛز کتھن تائید کران) تہٕ دِ جانکی تیاگ۔

رام :۔ (تھوٚد وُٚتھِتھ وشسٹس نمسکار کران) گُرو دیو سٔہنز آگیا چھےٚ ہیٚے کلس پیٹھ۔

لکشمن :۔ (حٲران گژھِتھ) بٲے ٹاٹھی یہ کیا چھو توٚہۍ دَپان؟

رام :۔ یہ چھُس نہٕ بٲے لوٚکُھ۔ یہ چھُس اجودھیا پتی۔ رگھو کل بھوشن۔ مہاراج رام چندر۔ یہ یہٕ کَرِ تہٕ آسہٕ ٹھیک۔ تُہنٛد پرِ نہٕ راز نیتی منٛز ژنگ ژھُنٛنۍ!

(لوکٹ اداکار چھُ رام ژٔندرس کھورن موکھ دِنۍ نراوان۔ سُہ چھُ تھوٚد وۄتھان تہٕ ہُنٛدِ پیٹھ ہنوٗمان سٕندِ ماسک ثلِتھ چھُ لوٚکن کُن وُچھان تہٕ زورِ زورِ اَسان)

لوکٹ اداکار :۔ ہا۔ ہا۔ ہا۔ یِتھ بٲے ٹاٹھی زِن بدرنگ تہٕ اکھ رنگ چھُ آسان۔ تِتھے بٲے ٹاٹھی دراو یِیمہٕ ناٹکہٕ کِہ بے ربطہٕ منٛز تہٕ اکھ ربط۔ تسلسل چھُٹنہٕ باوجود تہٕ میٖول اکھ تسلسل تہٕ بکواسہٕ تکہٕ تہٕ ووٚتلیوو

اکھ تھیم[1] ۔

( ڈائریکٹر چھُ یوان تہٕ غشمناک اَچھو لوکٹس اداکارس
کُن نظر کران ۔ تس وُچھتھ چھُ لوکٹ اداکار زیادے
اسان )

لوکُٹ اداکار :۔ ( ڈائریکٹرس کُن ) کیا دوٗ نہٕ تُہہ ترٛے آدی ؟ تمنس
پیٹھ چھُ تُہندُے لم حکمران راون یہتھ ! سیتا چھے عوامی علامتھ،
رام چھُ عوامی رہنما ! ! ہا ۔ ہا ۔ ہا ۔ مگر رامن تہٕ ترٛون
سیتا ترادِتھ تہٕ تمنس کرٕن راچھ ۔ ہا ۔ ہا ۔ ہا ۔ ہر
دِنہٕ چھے سیتا یوان ترادنہٕ تہٕ تمنس یوان راچھ کرنہٕ ۔
( اسسٹنٹ ڈائریکٹر ۔ پرامٹر ۔ میک اپ مین بیتر تہٕ
چھِ یوان )

ڈائریکٹر :۔ لائٹ مین ! لائیٹ آن

( ساری سیٹجس چھُ گاش یوان )

ڈائریکٹر :۔ ( لوکٹس اداکارس ) تہٕ کم ڈائیلاگ چھکھ بولان ؟
پرامٹر :۔ غلط ! سراسر غلط ڈائیلاگ ۔
لوکٹ اداکار :۔ غلط ڈائیلاگ کمیٚ بولِ نہٕ ؟ بتہٕ چھس غلط ڈائیلاگ
بولان ۔ مگر یمے غلط ڈائیلاگن منز چھی کیتھ ونان ۔
پرامٹر :۔ ( سکرپٹ وُچھتھ ) مگر تمے چھے نہٕ وہ ڈیتھ ناکس

---

THEME [1]

مٔژ کانٛہ کیتھ کَرِ نٕ۔

لوکٹ اداکار :۔ کمیٔ سِکرِپٹ لیکھن وٲلی دِیُت اَسہِ لوکٹ ین اداکارن کیتھ کرنُک موقہٕ؟ اَسہِ دوٚ نٔکھ ژھون پہٕ دم گرِتھ ہیرو سنٛدِ ین کھورن موٗٹھ دِنۍ۔ تِہنٛدِس حکمس پیٹھ ووٚتھ تُلتہٕ مگر اَسہِ تہِ ہے پھٔٹے اَسس مٔژ زلیہ!

ڈائریکٹر :۔ ژٕ کیا چھُکھ یژھان؟

لوکٹ اداکار :۔ بہٕ چھُس یژھان کیتھ کرنُک حق۔

پرامٹر :۔ مگر سِکرِپٹہٕ مطابق چھےٚ نہٕ ژےٚ کانٛہ کیتھ کرُن۔

لوکٹ اداکار :۔ سکرِپٹ گو صرفِ میانہٕ خاطرٕ، ہیرو سنٛدِ خاطرٕ نہٕ کیٛنٛہہ۔ تٔسنٛدِ خاطرٕ کٲتیاہ لٹہٕ بدلوو توہہٕ سکرِپٹ؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ دٔہہِ پھِرِ۔

میک اپ مین :۔ دٔہہِ پھِرِ نہٕ کٲہہِ پھِرِ۔

ڈائریکٹر :۔ بہٕ چھُس ڈائریکٹر۔ مےٚ یِہ خوش کرِ تِہ کرِ (لوکٹس اداکارس کُن) وَن کر کھٕ ژھو پہٕ دَم گژِھتھ کٲم کیتہٕ کرنا وٕتھ۔ یہٕ ژٕ یژھان چھُکھ تہِ ہیکنہٕ یِنِتھ۔

ہیرو :۔ پزر چھُ پزر چھُ۔

لوکٹ اداکار :۔ مےٚ کرٕ اَس غلط فہمی زِ توٚہی کرِو میانۍ تژھا پوٗرٕ؟ توٚہی دِیو مےٚ کیتھ کرنُک موقعہٕ؟ توٚہی دِیو مےٚ ڈائیلاگ؟۔

پرامٹر :- تہٕ کیا زِ مُشرادان زِ ژٕ چھُکھ یتھ ڈراماہس منز ہنومان
بیُٹ صرف رام ژٔندرس شُند بھکھتی ادس تہٕ بنیٖیہِ ادس
نہٕ کینٛہہ ۔

بوکُٹ اداکار :- ہنومان ادس نہٕ بھکھتی یوت ۔ سُہ ادس مہادیر تہٕ
مہاویر وِکرم بجرنگی ۔ تمیٚس تہٕ آس آسس منز تہٕ بوہ ۔
یتھ کتھ نہٕ رامائین لیکھن والین زون پھُ پیومُت ۔

ڈائریکٹر :- مےٚ چھُنہٕ چانہٕ کتھہ تران فکر ۔

بوکُٹ اداکار :- کتھ چھےٚ صرف زبوہ ہنز ۔ توٚہی کرِو ڈِیم سین
شوٗرو ۔ توہیہِ تہٕ پانے فکرِ ۔

ڈائریکٹر :- (اطمینانہٕ سان) اچھا ! کرِو تنیٚلہِ ڈِیم سین شوٗرو
(سیٹی دایان) اُتھِو سارٕی اندر (لوکن کنُ) اَسہِ لگن اکھ
زٕ منٹھ ۔ اَسہِ پیٚمٹھ تھوٚی تو منتھ تہٕ یمن منٹھ یرآری تو ۔

(سارٕی چھِ اندر ہوان اژان ۔ میک اپ مین چھُ اسسٹنٹ
ڈائریکٹرس بتھ شارٕ ژرسہِ دِتھ ٹھہرنک اشارٕ کران
سٹیجس پیٹھ چھُ صرف تمے زٕ روزان)

میک اپ مین :- اَدٕ سآ مےٚ کرُہے کآم ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :- کوسہ کآم ؟

میک اپ مین : ہاسس منز چھِ کینٛہہ اخبار واٗلی بہتھ ۔ مےٚ دِژ
سے

تمن آدی کیہ بیاہ پنچ اکھ اکھ کاپی ۔ پگاہ نیری اخبارن منز "نیو رام پیلا ڈرامٹک کلب کا قیام"

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ (خوش گژھتھ) شاباش ! ووں گوژھ کُنہِ جایہِ کمرٕ ینُن ۔

میک اپ مین :۔ کمر کیاز ینہِ نہٕ ۔ وچھ ہارٕ گژھن آسنہٕ ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ کمرٕ خاطرٕ ییٚ یاتہٕ کیاز ؟ لیٹر فارم، رسید بُک بییترٕ چھاپنہٕ خاطرٕ تہٕ چھےٚ ہارٕ ضرورتھ ۔

میک اپ مین :۔ (ووش ترأوِتھ) تہٕ ہارٕ کتہٕ ین ؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ میمبر پین بناوِنی ۔ مطلب میمبرشپ مُہم شوروٗ کرٕنی ۔

میک اپ مین :۔ (زن ہنگتہٕ منگہ یاد چھس پیوان) ادِ سأتہٕ تم ترےٚ نفریم ییمہِ کلبہِ منز ژٕلِی ہتی آسی ۔ آسی دیان نہٕ تم تہٕ گژھن سائنس نوٕس کلس منز شامل ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ (خوش گژھتھ) شاباش! اسی زٕ تہٕ تم ترےٚ گیہٕ پانژھ میمبر ۔

میک اپ مین :۔ بییہٕ گو میون ماسٹر بوےٚ ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ سہٕ کیاہ چھُ ؟

میک اپ مین :۔ سُہ چھُنہٕ کہنی ۔ پرٕس دِتن بی اے تہٕ تتہٕ پیٹھ چھُ بیکار ۔ سُہ تہٕ اژِ سائنس کلس منز اتی لگہِ کُنہِ ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر:۔ ٹھیک ہے چھُ۔ تیٚلہٕ گٔیہٕ میانٮ۪ ژٕ پتہٕ پھیٚتری

بٲے تہٕ ترٛشٮ۪ے ماہتری بٲے ترٕ۔

میک اپ مین:۔ ہوٚ! اَسی ہے وٲتی ہور ییٚتھ! (گنٹن راولن) پانژہ

تہٕ اَکھ شٮ۪ے تہٕ اَٹھ تہٕ ترٛے کاہ ـــ برابر اکھ فٹ بال ٹیم۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر:۔ وٕدی اگر یوٚ وٲتی تہٕ ٹی وی ییٚتھٕ اکھ زٕ پروگرام

بنٕہ ہن۔ لُطف ییہٕ ہے۔

میک اپ مین:۔ تَتہٕ گژھہِ ژان آسٕنۍ ، رسوٗخ آسُن۔ تیوٚ ہا چھا؟

اسسٹنٹ ڈائریکٹر:۔ اگر آسہٕ ہیٚم تیٚلہٕ آسہٕ ہا بہٕ ییٚتھ کلبس منٛز

اسسٹنٹ ڈائریکٹر (سوچتھ تہٕ پتہٕ یکدم) مےٚ آو اکھ

آلی ڈیا۔ یٮ۪مہٕ ڈراماکس ہیرو ہَس چھےٚ ریڈیو تہٕ ٹی

وی یَس منٛز ژان۔ ژان لسٲ دیچھ نتہٕ کیٚن افسرن سٕتی

چھس برادری۔ اَسی اَنون سُہ تہٕ پنٕنس کلبَس منٛز۔

میک اپ مین:۔ وُچھہ کٔشٕنز کیٚتھ کرٕتھ؟ تٔہندی شرارتہٕ بنوو

اَسہٕ یہ توٚو کلب۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر:۔ اَسہٕ چھا کانٛسہٕ سٕتی ذٲتی تناز؟ ساٲنی

لڑٲی چھےٚ صرف اصولن ہٕنٛز۔ اَسی کرو تَس نیو رام

لیلا ڈرامُک کلبس منٛز شٲمِل سپدنٕہ خٲطرٕ سال۔

میک اپ مین:۔ مےٚ چھتہ باسان سُہ ماننہٕ۔

---

۱؎ ریڈیو ہیچ یو وانی سروس ۲؎ T.V ۳؎ IDEA

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ اُسی تہٕ دِمُوکُس ہیرو سُنٛد رول ۔

میک اپ مین :۔ مےٚ چھُنہٕ باسان سُہ ہیٚیہِ تونتہٕ ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ بہٕ بناوَن سہ وائس پریذیڈنٹ تہٕ بیٚیہِ دِموکس گوڈ بچہٕ ڈرامہٕ ہیچ ڈائریکشن ؎

میک اپ مین :۔ ممکن چھُہ تسیٚندِ ما مانہٕ ۔

اسسٹنٹ ڈائریکٹر :۔ بس گو تسیٚندِ کلب اِستادٕ (لوتہٕ نعرٕ دوان) نیو رام لیلا ڈرامٹک کلب !

میک اپ مین :۔ (لوتی جواب دِوان) زِندا باد ۔

(دو شوے چھِ پانہٕ وٲنی نالہٕ موٚت کران ۔ پرامٹر چھُ یوان)

پرامٹر :۔ (دوٚ ہش گرٕتھ) ہے توٚہۍ کیا سانۍ اَتھہ کران؟ اُمس نسانۍ آو نہٕ ہٹہٕ مُٹہٕ منٛزرٕ ۔ منٛزرٕ ہسانۍ الوَدس تو ہیٚیہِ (گٔلی زٕ گنٛڈِتھ زارہٕ پارٕ کران) تلو سانۍ اژی تو اندر ۔

(ترٛیشوے چھِ اندر اژان، سیٚٹھی چھِ وژان تہٕ سیٚنجس چھِپے اَنہٕ گٹہٕ گژھان ۔ کینٛہہ لمحہ پتہٕ چھِ سپاٹ لائٹ سنگھاسنس پیٹھ پیوان ۔ رام تہٕ سیتا چھِ سنگھاسنس پیٹھ بیٹھِتھ تہٕ بھرت تہٕ لکشمن چھِ دٔچھنہ تہٕ کھوورِ اِستادٕ روٗزِتھ بٕجہ گاہ کران ۔ ہنومان چھُ رام زٔنٛگن کھوٚرن موٚکھ دِوان ۔)

---

؎ DIRECTION

رام :- سیتے !

سیتا :- ولو سۄامی ؟

رام :- سیتے اتھ رٕ ہے ما چھےٚ مَنس منٛز کانٛہہ شرٛھا۔

سیتا :- تۄ ہیہ ہٕیو برتھا پراد ِتھ تہٕ روزیا میأنِس مَنس منٛز بییہ کانٛہہ شرٛھا ؟

رام :- ترٕ گو پۄز۔ مگر تو تہٕ چھنا متوش شٕدِس یتھ پأپی مَنس منٛز داریا لو کچھ مو کچھ شرٛھایہ آسان ! تہٕ گو کتہٕ بوزٕ پٕنج شرٛھا۔ کُنہٕ دَر دِ پنٛج شرٛھا۔ کُتہٕ یاترایہِ ہنٛز شرٛھا۔

سیتا :- سۄامی ! میأنِس مَنس منٛزِ چھو نۆ ہی رٕوزِتھ تہٕ تۄ ہیہ چھو سأرے جائے رٕکھٕشٕر۔ تتہٕ چھنہٕ یمن لو کچن مو کچن شرٛھاین ہندِ خأطرٕ تہٕ کانٛہہ جائے (اسان)

رام :- (ذرا پریشان گژھتھ) مگر بہٕ چھس اَز چأنی کانٛہہ ترٕ شرٛھا پورٕ ہ شرٛھان کرٕنی۔ ترٕ منگ تہٕ کیہہ ؟

سیتا :- مےٚ ییٹھ اگر از تہنٛز ییتر دَیا چھےٚ تیلہِ چھم اکھ دٕہ بنتی۔

رام :- وَن وَن کیٛا چھکھ دَنٕ شرٛھان ؟

سیتا :- سۄامی خبر کیاز ِ بییہ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ اَز مےٚ وَن واسیچہٕ رٕتم دَ نہٕ ، رٕتم جو یہٕ ، رٕتم ناگہٕ راد ، رٕتم پرِ بتھ تہٕ تیودِ یاد۔ پرِ بھو ! بہٕ چھس شرٛھان اکہٕ لٹہٕ بییہٕ تموٚ ہے دٕتو یکِن۔

رام :- بُتہٕ ہےٚ چھُس لِی یِژھان ۔ میون اکھ پرائےٚ چھُ تہٕ تہٕ گو
رُتےٚ رُت اگر تہٕ بیٚیہٕ بتھن وَنَن ہٕنٛز یاترا کرکھ ۔ بھگوان دِیی
تۄہےٚ تمیک رُتےٚ پھل ۔

سیتا :- سوٗامی ! تیٚلہٕ کرنیرو اَسی اَمہٕ یاترایہٕ باپتھ ؟

رام :- تۄہےٚ پیٚیی کیٚنٛہ تہٕ نہٕ گژھُن ۔ ہیٚےٚ چھِنہٕ دِلسنار ۔ راتہٕ ییٚنی چھا
سنہ شس مو کجار دوان ؟

سیتا :- مگر پربھو ! بہٕ کتھہٕ پٲٹھۍ گژھہ کیٚنٛہ زٕنی ؟ تُہُنٛز رُنی آسِتھ
تہٕ چھس بہٕ تۄرلیا ۔

رام :- تہٕ چھُس بہٕ زانان تہٕ تَوَے دِمہٕ بہٕ تۄہےٚ لکشمن سٟتۍ (
لکشمنس کُن ) لکشمن ! پگاہ پیٚیہٕ بھاتہٕ تہٕ زٕ تہٕ سیتا رَتھس
کیٚتھ چِتر کوٗٹ تہٕ ڈیٚکھِن تیٚپر تھن ہٕنٛز یاترا کرنہٕ تہٕ ییٚتھ
پتہٕ وَنَس یا آشرمس منٛز اَمس خوش کرِ روزُن ۔ دِ زٕ بس
روزنہٕ مگر پانہٕ ییٚزٕ جلدۍ واپس ( اَچھ نابٹ کرِتھ ) تۄرِیہٕ
فکرِ ؟

لکشمن :- مہاراج ! تۄرمُ فکرِ ۔ سوٗرُے تۄرمُ فکرِ ۔ مگر.....

رام :- اگر مگر نہٕ کیٚنٛہہ ۔ یہٕ چھےٚ رانہٕ سٕنٛز اُگی رتیا آتھ ییٚتھ اگر مگر
لاگُن چھُ راج وِژوہ[2] تہٕ راج دروہک ڈنڈ کیا چھُ تہٕ زانکھ تہٕ ؟

لکشمن :- رانہٕ سٕنٛز اُگی نیایہ برونٛہہ کنہٕ چھُس بہٕ کلہٕ تۄمراداں ۔

---

[1] زنانہٕ [2] رازس سٟتۍ مخالفت نہٕ دشمنی ۔

سیتا :- (معصوم بنتھ) سوامی - توہہ کرٕو میانٕی منو کامنا پیٹھ جل پوٗرٕ
توہیہ کٲتیاہ دیالو چھو -

ہنومان :- تہٕ تہٕ کٲژاہ سینٛر چھیکھ ماتا ؟

رام :- (شرارتہٕ سان) ہنومان !

ہنومان :- (سیتایہ کُن) ماتا ! بہٕ تراوِ نے تُہٕنٛدی دلس منٛز - تہٕ
پتہٕ اَتھ نہٕ واپس (جذباتی بنتھ) تُہٕنٛدی چھُے لیوان تیاگ
دِنہٕ - تُہٕ چھِکھ لیوان تراوِتھ ژھینہٕ - ماتا ! یمن پتھ
سنگھاسنس پیٹھ راج کرنٕچ تہٕ تمہٕ خاطرٕ پیہِ چالی بلی دِنہٕ -

رام :- (بڈٕ ہٹھ) ہنومان ! (الماتر) تہٕ ہیو تنکھ ڈلُن -

ہنومان :- کیا دوٚنتھ بڈٕ پھیرٕ وَن - یم لوکھ تہٕ بوزٕن (لوکن کُن)
دیان ہسا بوہیو تنس ڈلُن (شرارتہٕ سان) دولت چھُہ سہ
انسان یس سنگھاسن سیتا ماتایہ ہندِ کھوتہٕ زیادٕ ٹوٹھ
چھُہ !

(ڈرامہٕ تہٕ ڈایریکٹر چھِہ باہر یمتی گاشہٕ کس سپاٹس تل
اژان)

ڈرامہٕ :- تہٕ چھِکھ غلط ڈایلاگ بولان -

ڈایریکٹر :- ہنومان آسیا رام تہٕ ندرس ستی یتھہٕ پاٹھی کلام کوٚرمُت ؟

لوکٹ اداکار :- (یتھہٕ پیٹھ ہنومان سُنٛد ماسک تھوٚد نِیتھ) اَدٕ

---

سلہ ہنز سامن سلہ رحمدل سلہ تورٕ بالی

کیتھ پاٹھۍ آسہٕ ہٕن کوٚرمت ؟ ہو چھیسے وتوٚقہٕ سان وَنان
زِ ہنومانَن چھےٚ یِمے کیتھ کرِمژٕ ۔ یتھے پاٹھۍ ابھتاج کوٚرمت
مگر تسندی ڈائیلاگ چھِ سارِ دہے رامایٕنہ منزٕ اکس لفظ پیٚچ آمٕتؠ
کرنہٕ تکیاز رامایٕن چھےٚ رام سٕنٛز داستان ۔ سیتا ماتایہٕ
یا ہنومان سٕنٛز سرگزشتہٕ نہٕ کینٛہہ !

ڈایریکٹر :۔ یہ ما نہٕ ہٕ سیوٚد سیوٚد ......

( ڈایریکٹر چھُ پرامٹرس اِشارٕ کران ۔ دوشوے چھِ لوکٹس
اداکارس نرِہ تھپھ کٔرِتھ دچھنہِ طرفہٕ ونگہ کُن نِوان
ہنومانس ورائے ناٹک چھُ بیٚیہِ شوٚرٕ و گژھان )

رام :۔ سیتے ! گژھ تہٕ نیر وُنی کھنس تہٕ کر آرام ۔ پگاہ صُبحٲی
چھےٚ تیٚرتھ یاترایہ پیٚٹھ نیرُن ۔

( سیتا چھِ نیران )

رام :۔ ( لکشمنس کُن ) لکشمن مےٚ سوٚر یِچ وار یا ۔ جانکی
یہ تیاگ دِنٕ چھُ سیٹھا ضروٚری ۔ راژس پیٚزِ پرژِ پرژا ۔
تہٕ پرژایہ منز تہٕ خاص کرِتھ تم لوکھ یم زیادٕ کرپکہ ناد
آسن کران ۔ یہ ہتھ وزرِ خوش تھوٚلی ۔ یہے گیہٕ راز نیتی ۔

( ہنومان یانے لوکٹ اداکار چھُ ڈایریکٹر تہٕ پرامٹر
سٕنٛزِ تنقیدِ منز نیٚبٕ پان آزاد کرِتھ یوان )

---

سل EXPUNGE

ہنُمان :- راز نیتی ! کوتاہ سۆ تٔندر شبدٕ چھُہ ۔ سۆ ہٕنہٕ ہنتزٕ زٕدی کیچہٕ
ہٕنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ دَے سۆ تٔندر مگر مانےٚ چھُس اُکس راکھسہٕ سٕندِ
کھوتہٕ زیادٕ کرُوٗ ہٕٹھ تہٕ ہا بتناک دُبھِتِس مانک لگاوان تہٕ رام
ژٕندرس پرٛژھان) پربھو! اگر سیتا ماتایہٕ تیاگ دِیُن منظوٗر دوری
چھُہ ۔ تیٚلہِ کیازِ کوٚر اَسہِ یوٚد ! تیٚلہ کیازِ موُدُ جٹایو ؟ تیٚلہِ
کیازِ موٗدی دٕہ شوے پکھچن ہٕنٛدی بٔڈی بٔڈی ویر ؟ تیٚلہِ
کمہِ خاطرٕ کھیاد لو جوان وانٛدرو راکھسَن اَتھہِ پَتھٕ پان ؟ کمہِ
خاطرٕ آو دُشمن ہرِی ہرِی تہٕ کمہِ خاطرٕ کوٚڈ مےٚ باپہٕ
موٗلہٕ تہٕ سوُرُم پتیلِس اَکتس کیتھ ؟ اگر توہہِ سنگھاسنس
رٔچھ کرٕنی تہٕ جانکی یہِ تیاگ دِیُن اوس، تیٚلہ کیازِ تراَوِ ج
مےٚ سۆنہٕ سنٛتر لنکا ؟ لچھمہِ بدہت لوکن کیازِ کوٚرُم آلی ناش ؟
موٗجوم بالک تہٕ موتزٔر بٔڈ کیازِ بیٚزِم تارس منتر ؟ کمہِ یایت
کوٚرُم یہِ پاپ ؟ کمہ بابت ؟ مےٚ ون کمہِ بابت ؟

( ہنُمان چھُ ودان ۔ ساری چھِ ہینگہٕ گرژھان
رتہِ کھنٛڈی چھُ ڈائریکٹر ہنُمانس نش یوان )

ڈائریکٹر :- ( ہنُمانس یانٛے لوکٹس اداکارس چھُ سمجھاونچ کوشش
کران) ژےٚ کیا رو وٕچھے یہِ ؟ ژےٚ کیازِ نیوُتھ یہِ قصہٕ
یوٗت سنجیدگی سان ؟ ژٕ کتھ پٔٹھ بنیوکھ یوٗت جذباتی ؟ ژےٚ
کیازِ گوٚے مُشتھ زِ یہِ چھُ صرف اکھ ناٹک ؟ یہِ چھُنہٕ

پرزر ؟

لوکٹ اداکار :- بس ! بس - بہٕ آس یہِ ناٹک وُچھتھ تنگ ( ماسک چھُ ژُنتھ، پیٹھ تُلتھ داڑھ دِوان ، تہٕ لوکن کُن ہاوان ) تہٕ یِم تہٕ آسن آمتی - ریمن چھُ دوہے ناٹک آمُت ہاوُنہٕ - پرزر تہٕ زانِتھ -

( ڈائریکٹر چھُ لائیٹ مینس اِشارہٕ ہاوان تہٕ ساری سیٹیس پیٹھ چھُ گاش پیوان - وِلن ( وشنٹ شنڈس رکھس منز ) اسسٹنٹ ڈائریکٹر ، میک اپ مین بیترِ ساری اداکار کیو بیک سٹیج ورکر چھِ وتگو منز نیران )

لوکٹ اداکار :- ( منز سنڈی پاٹھو اسان ) ساسہٕ بڑی ڈری واتی اُتھ ناٹکس چلان مگر زانِتھ تہٕ ووت نہٕ یہِ اند - ناٹک ! ہا ! ہا ! ہا ! ( اسان ) ہا ! ہا ! ہا ( اسان )

ہیرو :- ژٕ چھکھ منیوٗمُت -

لوکٹ اداکار :- ژٕے چھے نہٕ وَنتے تکیازِ ژٕ چھُکھ نا ہیرو ( شرارتہٕ سان ) سورُے منز چھوٗ توٗہی ٹُلان تہٕ راہ چھوٗ منے ہِیوٗ بن لوکٹین اداکارن کھاران - ( وِلن چھُ نزدیکھ یوان )

وِلن :- ژٕے نے تہٕ اد کس کھارو ؟ ساری سیے ڈرامہس اُنتھ ژٕے پھکھ !

لوکٹ اداکار :- ژٕے کیاہ ؟ گرا یوٗ ٹھک راوُن بننہٕ تحتس پیٹھ

تہٕ کرٕتھن سیتا قاد ۔ گرابنیو کھوشسٹ ۔ رام تہٕ ندرن پیٹھہ
درٕ ۔ تٔھندٕ تختکٕ رٲچھدرٕ تہٕ تراو ناد تھن سیتا ۔ تیلہٕ تہٕ
اوس تھٔندین اتھن منز سورُے کیتھہ ۔ اَز تہٕ چھُ تھٔندی نے
اتھن منز سورُے ۔

ڈائیریکٹر :۔ ڈرامہ ہک کاسٹ[1] لوتراونہٕ خاطرٕ دِژ اَسہٕ اکی سے
نفرس نہٕ رول ۔ اَتھ منز کوسہ ناکارگی چھےٚ (ہتاسیٚح
ہیس منز) ناکارگی سپیز اکی ۔ تہٕ مےٚ تروٚو سٹھاہ
ڈیچر ۔ ہرگاہ بہٕ لاکھ رژھا چیپرٕ رٹہ ملا ۔ بُتہٕ وچھہٕ ملا
کُس ماجہٕ ہُند گوٚبرٕ بہارٕ یِیہ یتھ پاٹھی بکواس کرتس؟
مگر مےٚ اوس خیال زِ کلبس[2] منز تہٕ چھُ کانٛہہ لوکُٹ آسان
تہٕ نہ کانٛہہ بوٚڈ آسان ۔ آل آر اِکوَل[3] ۔

لوکُٹ اداکار :۔ ییس آل آر اِکوَل ۔ بٹ سم آر مور اِکوَل
دین اَدٲرس[4] (ہیرو ہس کن ملدان)

ہیرو :۔ مےٚ کُن کتھ ہوٚ دتے ؟ مےٚ پیٹھ چھُہ بییمہٕ کلبک
کانٛہہ سو چھہ ۔

لوکُٹ اداکار :۔ بلکل تہٕ ! ترٕ لگی پرییتھ کانٛہہ ڈرامہ کلبٕ بلایہ

---

[1] CAST [2] CLUB
[3] ALL ARE EQUAL [4] YES ALL ARE EQUAL - BUT SOME ARE MORE EQUAL THAN OTHERS

ییتہِ چھکھ تہٕ ہیرو ۔ بلکہ کلب بناونے ہیرو علاوٕ ڈائریکٹر،
سیکریٹری، پریذیڈنٹ، رشوخہ وول آرٹسٹ ہے چھکھ!

(میک اپ مین تہٕ اسسٹنٹ ڈائریکٹر چھہٕ اشارو سیتی اکھ
اَکس پرٕ ژھان تہٕ اَمس کُنہِ وُنی یہِ اَندرم شیچھ)

ہیرو :- تہٕ چھکھ وۄدان ۔

وِلن :- آ ۔ تہٕ چھکھ وۄدان ۔

لوکٹ اداکار :- (اپنٕز حیرانگی ناوان) اوہو! ہیرو ہس تہٕ وِلنس چھے
کُنی کتھ! (خندٕ) دو شہرے چھہٕ رٔلتھ!

ڈائریکٹر :- (تس چھپنہٕ لوکٹس اداکارٕ سٕنز مطلب فکرِ تران) گژھی
نا آسنی؟ گژھ ہکھ نا کُنی کتھ آسنی؟ یہ اوسس یژھان کلبہ
کین سارِنے ہیمبرن، سارِنے ادا کارن گژھِ کُنی کتھ
آسنی ۔ اتحاد آسُن ۔ اتحاد ، برابری، برادری ۔

لوکٹ اداکار : سارِنٕی جیبٕ چھپس لیوان) لفظ! لفظ! لفظ! (کنن
چھہٕ ٹھوپ دِوان) یمن لفظن چھنہٕ کانہہ مانے ۔ اگر آسہِ
ہیکھ تہٕ تہتہٕ لوکر تو تو تروٹ نتھ ہوٹ ۔ یم لفظ چھ کرنام
ذریعہ کٲمہتی ۔ موٗدی منتی تہٕ بہشتِ لاشہ چھنے ہوتہ مَرتہٕ ۔ بہ
چھسہٕ مگلی گنڈان ۔ یمہ ہوتہٕ مہترٕ د لاشو بیٹھہ مَنتہ تلی تو ڈران
تھوٗدِ ۔ (لہجہ بدلتھ) یا تلی تو ۔ پرٕدے کَنہ چھ تھوٗن؟
یہ ہتھ کُنہِ جیبٕ بیٹھہ گژھہ پرٕ تھوٗد دٕ تھوٗن ۔ ناٹک گژھہ

ناٹک گژھِ بند گژھُن تہٕ پرٛدہٕ گژھِ نوٚن نیرُن ـــ
وُرُن تلہٕ تھوٚد ۔ پرٛدٕ ژھنہٕ ژھٹھ ـــ جامن دِیو چاک
ہیتھٕ پاٹھو ......

(لنگوٹس چھُ چاک دِوان ۔ سیتا یہ ہنٛز ایکٹنگ کرن وٲلۍ
زنانہٕ چھے رِچھ نزلان نیرتھ ۔ "نژھڈ ہیے ہیٚپیہ"
سو چھِ اُچھن تھوٚپ دِوان ۔ لوکٹ اداکار چھُ
پیٚیٹھِم لنگوٹہٕ نژان ، بتھ ہنوٗمان ہنٛد لوٗٹ چھُ
آسان لگاوِتھ ۔ اَتھ تل چھُ لس بیاکھ لنگوٹہٕ آسان
ژھینتھ ـــ ہیرو تہٕ ڈایریکٹر چھِ لس اَکھن
دوٚن تھپھ کران)

ڈایریکٹر : ژٕ ون سیزیہٕ ژٕ کیا چھکھ پرٛزھان ؟

لوکٹ اداکار : بہٕ کیا چھُس پرٛزھان ؟ بہٕ چھُس پرٛزھان یہ
ناٹک گژھِ بند گژھُن ـــ ناٹک کرِو بند (زورٕ)
ناٹک کرِو بند (چیکھ دِتھ) ناٹک کرِو بند !!!

(لوکٹ اداکار زَن بیہوش گژھِتھ ہیقر لوان لاینہ ۔ ساری
چھِ لس اُنٛدی اَنٛدی جمع گژھان ۔ لوکٹ اداکار چھُ رٕژٕ
گھنڈی پانے تھوٚد وۄتھان ۔ باقے اداکار چھِ
لس تھپھ کرنۍ پرٛزھان ۔ مگر سہٕ چھُ پننہٕ پان موکلاوِتھ
وارٕ وارٕ برونہہ سیٹجس کُن یِوان ۔ سیٹجہ ڈُندرِ

پیٹھ وٲتِتھ چھُ سہ پوٚت نظراہ اداکارن تہٕ بیک سٹیج

دٔرکرَن کُن تراوان تہٕ پتہٕ ہالس منٛز بیہتھ لۄکن کُن

ڈُچھِتھ لو تہٕ ونان )

لوکٹ اداکار :۔ ناٹکُ گٔرِ بند ۔

( ییرِ ونِتھ چھُ سہٕ بوٚن وسان تہٕ ہالہٕ منٛبر ہیوٚان

نیرَن ۔ ڈایریکٹر ، ہیرو ، وِلَن ، اسسٹنٹ ڈایریکٹر

پرامٹر ، میک اپ مین بیترِ چھِ لَتَس ہالہٕ منٛبر

نیران ڈُچھان ۔ پتہٕ چھُ ڈایریکٹر ہیوٚرکُن اشارٕ

کران تہٕ پردٕ چھُ واہ واہ وسان )



اند

# ناٹک گرۆبند

(کینہہ پرۆڈکشن)

- اکتوبر ۱۹۷۷ء ٹیگور ہال سرینگر
  پیشکش : رنگ منچ ڈرامائک کلب۔
  ہدایتکار : جواہر وانچو
- دسمبر ۱۹۷۸ء فائین آرٹس تھیٹر نئی دہلی۔
  پیشکش : آنچلک رنگ منچ ( ہندی زبانی منتر )
  ہدایت کار : موہن ڈنڈریال
- جولائی ۱۹۷۹ء ٹاون ہال اننت ناگ کشمیر
  پیشکش : تھیٹر ورکشاپ جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی
  ہدایت کار : ایم پی شرما
- ستمبر ۱۹۷۹ء فائین آرسٹس تھیٹر، نئی دہلی۔
  پیشکش : چھولی وکاس منڈل ( گڑھوالی زبانی منتر )
  ہدایت کار : موہن ڈنڈریال
- اگست ۱۹۸۳ء ٹیگور ہال سرینگر
  پیشکش : سنگرمالہ تھیٹر
  ہدایت کار : کنہیادر

- جنوری ۱۹۸۴ع سری رام سینٹر آف آرٹ اینڈ کلچر نئی دہلی
پیشکش : دہلی سندھو آرٹ (سندھی زبانی منز)
ہدایت کار : موہن شرما ۔

(اِنہ علاوِہ چھِ یہ ڈراما چنڈی گڑھ ، پٹنہ ، اعظم گڑھ بیتر جاین منز بوٚن بوٚن شوقیہ ڈراما کلبو گندرمت)

# ناٹک کرو بند ے کیتہہ تبصرے

"..... یہ ناٹک آج کی راج نیتی (سیاست) کے اُن سبھی پہلوؤں کو چھوتا ہے جن کا شکار آج کا ہر ویکتی (شخص) ہے۔ کرسی کیلئے اور کرسی کے پیچھے کی راج نیتی کیلئے وہ پتنی تک کا تیاگ کر سکتا ہے ناٹک کو دھارمک آورن (جامہ) میں پرسنت (پیش) کرتے ہوئے اس میں آجکی راج نیتی پر کرارا ویَنگیہ (طنز) کیا گیا ہے۔ لیکھک نے تلسی کرت (تلسی کی تحریر کردہ) رام چرت مانس کے رام کی کلپنا نہ کر کے کرسی سے چپکے رہنے والے رام کی کلپنا کی ہے۔ اس ناٹک کا رام کرسی کیلئے اپنی سیتا کا تیاگ کرتے سے نہیں چوکتا ہے۔ ہنومان کے پاتر (کردار) میں سیوک کا پٹ نہ دیتے ہوئے لیکھک نے اسمیں ایک ودھروہی (باغی) کا سوَر (آواز) اُبھارا ہے۔ بھرت بھائی کا بھکت نہ ہوکر رام کی کھڑاؤں کی اوٹ میں راج نیتی سے کھلواڑ کرتا ہے۔ کھڑاؤں کو ماتر (محض) آکروش (غصہ اور احتجاج) شانت کرنے کے سادھن (ذریعہ) کے روپ میں پریکت (استعمال) کیا گیا ہے......"

روزنامہ ہندوستان (ہندی) نئی دہلی

"..... ہری کرشن کول کے ناٹک ..... میں رامائین کے وِبھن (مختلف) پاتروں (کرداروں) کے مادھیم (ذریعہ) سے آج کی راج نیتک پرستھتیوں

(سیاسی حالات) اور تتھاکتھت راج نیتاؤں (نام نہاد سیاسی رہناؤں) پر چٹیلا کٹاکش (طنز) کیا گیا ہے ۔۔۔۔۔۔ اِن چرتروں (کرداروں) کو پرتیک روپ میں (علامتی طور) پیش کر کے موجودہ حالات کو رنگ منچ پر اُتارنے میں وہ نشچنت روپ سے (یقیناً) کامیاب رہے ہیں۔

"ناٹک بند کرو" کا رام ایک ستّا لولپ راج نیتا (اقتدار کا لالچی سیاسی رہنما) ہے۔ جو اس بات پر چڑھ جاتا ہے کہ لنکا نریش (لنکا کے راجہ) راون کو ہرانے کے بعد حاصل راج کو لیکھک نے وبھیشن کے حوالے کر دیا ہے اور پھر انت (آخر) میں جب رام کو سیتا روپی جنتا اور ایودھیا کی راج گدی میں سے ایک کو چُننے کیلئے کہا جاتا ہے تو وہ خوشی خوشی راج گدی چن لیتا ہے اور سیتا روپی جنتا کو ون واس کے لئے روانہ کر دیتا ہے۔ اس نئی رام لیلا کا ہنومان متھکیہ (اوسطوری ہنومان) کی طرح بھولا بھالا آگیا کاری (فرمانبردار) بندر بلکہ ایک جاگروک ناگرک کا پرتیک (ہوشیار شہری کی علامت) ہے جو ستّا (اقتدار) کے اونچے گلیاروں میں چل رہی ہر جوڑ توڑ کے ارتھ (معنی) سمجھتا ہے اور موقع بے موقع چلا کر اپنے دل کی بھڑاس نکال دیتا ہے۔ اسلئے جب ایک اوسر پر رام اور راون دونوں ہی ڈائریکٹر پر برسنے لگتے ہیں تو ہنومان اچھل کر سٹیج پر آتا ہے اور کہتا ہے کہ "دیکھا نایک (ہیرو) اور کھل نایک (ولن) ایک ہی زبان بول رہے ہیں ۔۔۔۔۔۔"

روزنامہ "جن یگ" (ہندی) دہلی

# ہری کرشن کول

پیٛدایش : ۲۲ جولائی ۱۹۳۴ء

۱۹۵۱ء پیٛٹھ ہیٛتِن افسانن سٕتی سٕتی ڈراماتہٕ لیٛکھٕنۍ۔ گوڈنیُک ڈراما "ریپبلک ڈے" چھپیوو ماہنامہ "آزاد" سرینگرٕکِس مارچ ۱۹۵۲ء کِس شمارس منٛز۔

"ییٛلہٕ وَتَن کھُر چھُ ییوان" "دستار" "یِتہٕ اکھ انقلاب" "کرفیو" "بێیہٕ سٕنٛزٕ وُأچھو" "داغ" "ہم سب شوہر ہیں" "مےٛ مورُ شُبہٕ" "پاس فیل" "رہا کنارے بیٹھ" "رِشتہٕ" "رتہٕ داوۍ وَتہٕ" "یِسے زہر کھیٛیہٕ" "راستہ اور منزل" "دہ دِ چھےٚ دوا" "حساب کتاب" "زٕحل" "بینٛز تہٕ پردٕ" "امار" "ایک ٹکڑا آسمان" بێیترٕ ڈراماسپدۍ ریڈیوی تہٕ ٹیلی ویژنہٕ پیٛٹھ سیٛٹھاہ مقبول۔

## مُصنِفٕ سٕنٛزٕ بێیہٕ کیٛنہہ کِتابہٕ

* پتہٕ لاران پرٛبتھ (کاشرِن افسانن ہٕنٛز سومبرن)
* حالس چھہِ روتٕل (کاشرِن افسانن ہٕنٛز سومبرن)
* اس حمّام میں (ہندی افسانن ہٕنٛز سومبرن)
* ٹوکری بھر دھوپ (ہندی افسانن ہٕنٛز سومبرن)
* ارتھی (ہندی افسانن ہٕنٛز سومبرن)